# رادھا سوامی

# مٔنٛگہٕ پوش

تخلیق کارہ

دیہ زرتن منتزلین


## بھوانی پینڈت

پبلیشرز

پرتھوی ناتھ پینڈت
نرنجن ناتھ پینڈت
سوم ناتھ پینڈت

3 - ماترِ چھایا
جے - وِی - پی - ڈِی سکیم
گل موہر کراس روڈ نمبر 6
ممبئی - 400049

2 - نیمی ناتھ
شاستری نگر
وسئی روڈ (پ)
ممبئی - 401202





گوڈنیک چھاپ - 500 - نومبر 1998ء

# پرستاونا

"بھوانی" ہماری پوجیہ ماں اِس بھجن مالا کی رچیتا ہیں۔ یہ نام اُنکو ماتا پیتا کا دیا ہوا تھا۔ سسرال کا نام تارا وتی تھا، پر سب لوگ اُن کو بھوانی کے نام سے ہی پکارتے تھے۔

اَتی گمبھیر تتھا شانت رہنے والی ہماری ماں سدا ہی کسی نہ کسی کام میں ویست رہتی تھیں۔ شیتل تتھا پرو پکار سوبھاؤ کے کارن وہ سب کی پیاری تھی تتھا سب اُن کا سمّان کرتے تھے۔

وہ سدا برہم مہورت میں اُٹھکر دھیان میں بیٹھا کرتی تھی۔ وہ جو کچھ بھی کرتی تھی۔ اُس کا بکھان کسی کے سامنے نہیں کرتی تھی۔ قریب 17 سال کی عمر تک میں ماں کے پاس ہی سویا کرتا تھا۔ اسی کارن مجھے ماں کی کچھ باتوں کا پتہ چلتا رہتا تھا۔ یہ اُن دنوں کی بات ہے جب میں دسویں کلاس میں پڑھتا تھا۔ ایک دن میں شام 4 بجے گھر لوٹا تو ماں کو اوپر والے کمرے میں، جہاں وہ ہمیشہ بیٹھا کرتی تھی، نہ پا کر میں نیچے والے میں گیا تو دیکھا ماں بیٹھی ہے اور سامنے چاول کی تھالی پڑی ہے۔ ماں کی آنکھیں آنسوؤں سے تر ہیں۔ میں نے پوچھا "ماں کیا بات ہے۔ تم تو ہمیشہ اوپر والے کمرے میں بیٹھ کر چاول صاف کیا کرتی تھیں۔ پھر آج یہاں کیوں آئی ہو"۔ ماں بولی۔ "میں تو اوپر ہی بیٹھی تھی پر نیچے کمرے سے گنگر کی آواز آنے لگی۔ میں نیچے

اُتری۔ کمرے کا دروازہ کھولا تو دیکھتی ہوں کہ بال کرشن پیروں میں گھنگرو
باندھے گھٹنوں کے بل چل کر کمرے کا چکر لگا رہا ہے۔ میں نے جھٹ
سے کمرے کا دروازہ بند کیا اور اُس کو دیکھنے لگی۔ اس دوران وہ
کئی بار میرے پاس آیا، میری گود میں بیٹھا، میرا دودھ پیا۔ میرے چاول
اِدھر اُدھر بکھیرنے لگا۔ بہت سمے تک یہ کھیل چلتا رہا۔ اُس کے
بعد تمہاری آواز آئی اور وہ کمرے میں ٹنگی فوٹو میں سما گیا۔" میں حیران
تھا۔ میں نے ماں سے وِنتی کی کہ مجھے بھی یہ کھیل دیکھنا ہے۔ ماں بولی
"کل دیکھتے ہیں۔ میں بڑی بے صبری سے کل کا انتظار کرنے لگا۔ دوسرے
دِن ماں کمرے میں گئی اور مجھے باہر رہنے کو ہی کہا۔ تھوڑی دیر میں دروازہ
کھولا تو ماں کہنے لگی۔ "وہ مانتا ہی نہیں ہے"۔ کہتا ہے اِس کے لیے ابھی
سمے نہیں آیا ہے۔ ہر بات اپنے سمے پر ہی ہوتی ہے"۔

ماں نے مجھ سے وچن لیا تھا کہ اِس بات کا ذکر
میں کسی کے سامنے اُن کے جیتے جی نہ کروں جس کا پالن میں نے برابر کیا۔

اِنہی دنوں میں ماں کا ساکشاتکار پرم پوجیہ گورو مہاراج سوامی
گووند کول جی سے ہوا۔ اِس ملاقات نے سونے پر سہاگے کا کام کیا۔
ماں اپنے گورو کے رنگ میں رنگ گئی۔ گورو مہاراج نے اُن کو نام
دیا "بھاگیہ وان"۔

ماں سنسارک درشٹی سے پڑھی لکھی نہیں تھیں
پر اُس میں وہ سب کچھ تھا جو ایک گیانی میں ہونا چاہیئے۔ وہ گیان
تتھا بھکتی کی سجیو مورتی تھیں۔ ماں مجھے اور ہماری چھوٹی بہن دُلاری
کو شبھ مہورت میں اٹھاتی تھیں اور اپنے بھجن سُناتی تھیں۔ ہم اُسی
سمے اُن بھجنوں کو لپی بدھ کرتے جاتے تھے۔ اپنے گورو مہاراج

شری سوامی گووند کول جی کے پرتی ماں کا اگادھ پریم تھا۔ یہی کارن ہے کہ اُن کے پرتیک بھجن میں گورو مہاراج کا اُلیکھ آیا ہے۔ اُن کی اپار دیا تھی ماں کے اوپر۔ دھیرے دھیرے ماں میں پریورتن آنے لگا، اور وہ آدھیاتمکتا کی اُس منزل پر پہنچ گئیں، جس کی انمول دین یہ بھجن ہیں۔ یہ سارے بھجن گیان تتھا بھکتی رس سے بھرپور ہیں۔

ماں کو کبھی کبھی آنے والی گھٹنا کا ساکھشاتکار بہت پہلے سے ہی ہو جاتا تھا۔ ممبئی آنے کے کئی سال پہلے ہی اُنھوں نے کہا تھا کہ ہمیں یہاں نہیں رہنا ہے۔ ہمارا پورا پریوار وہاں بسے گا جہاں ساگر ہوگا۔ سنتوں کی شکھشا، اُس پرم پربھو کی سنتا کی کہانی ہے، جو ہر ایک یگ میں، ہر ایک زمانے میں مانو دیہہ میں پرکٹ ہو کر جیووں کا کلیان کرنے اس سنسار میں آتی ہے۔ سنسار ایسے سمرتھ پرشوں سے کبھی خالی نہیں رہا ہے اور نہ رہے گا۔ جہاں بھوک ہے وہاں روٹی ہے۔ جہاں پیاس ہے، وہاں پانی ہے۔ مانگ اور پورتی کا یہ دیوی نیم اٹل ہے۔ اسے کوئی بدل نہیں سکتا۔

ہم آشا کرتے ہیں کہ بھکتی تتھا گیان رس سے بھرپور پوجنی ماں کی یہ بھجن مالا کلیان پرد ثابت ہوگی۔ پاٹھک گن انہیں پڑھ کر اپنے اندر آنند کا انوبھو کریں گے۔ اپنے میں پریورتن پائیں گے تتھا بھکتی اور گیان کی پراپتی کر سکیں گے۔ جیون کا اننت اتھاہ سکھ ساگر ان بھجنوں میں ٹھاٹھیں مار رہا ہے۔ یا یوں کہیں کہ گاگر میں ساگر ہے۔

رمناتھ پنڈت
وسئی،

نومبر 1998ء

بھومیکا

# لیلا کاویہ کا اگیات

## نکھشتر

یوں تو کشمیری لیلا کاویہ کا انتم ادھیائے ایک ودھا کے روپ میں پرماننشد، کرشن جو رازدان کے ساتھ ہی پورا ہوتا ہے، پھر بھی اُن کے پرورتی کویوں میں گووند کول جیسے کچھ ایک سنت کویوں میں کشمیری بھکتی ساہتیہ کے ٹھنڈے اندھیرے میں ایک سے بڑھکر ایک لیلا کویتاؤں کی جوت جلائے رکھی۔

بھاگیہ وان دید کے بھکتی سمویدن کی تیورتا اور سومیہ ابھی ویکتی تتھا اُن کی جنم جات پرتبھا کا ہی پربھاو مانا جائیگا کہ اُن کی انیک آدھیتمیہ لیلا رچنائیں موکھِتک پرمپرا سے کشمیری جنتا کے ایک بڑے حصے میں وشیش کر سنت گووند کول کے شِشیہ ورگ میں برسوں سے اپنا ستھان بنا چکی ہیں۔ یہ آکسمک نہیں کہ بھاگیہ وان دید کی آدھیاتمک چنتاؤں، اُن کے درشن، اُن کی دھارناؤں ایوم اُن کی اپنی بھاشا شیلی پر سنت کوی گووند کول کا پربھاو ریکھانکت کیا جاسکتا ہے۔ سنت کوی گووند کول کو ہتری کا ساہتیک گورو

ہی نہیں، اُن کے ادھیاتمک گورو بھی ہیں۔

بھاگیہ وان وید کے سموچے لیلا کاویہ
کے ریشے ریشے میں کویتری کا آتم نویدن مونکھر روپ سے
ابھوی ویکت ہوا ہے۔ سنت کوی گووند کول جی اِن لیلا گوتاؤں
میں ایک ایسے الوکک اور وِلکھشن گورو کے روپ میں اُبھرتے
ہیں، جسے کویتری نے پرتیک کون سے دیکھا، چھوا اور پایا۔

سموچے کشمیری لیلا کاویہ میں بھاگیہ وان
پہلی اور اکیلی ایسی کویتری ہیں جنہوں نے لگ بھگ سبھی
رچناؤں میں گورو کو ہی پرتی پادیہ وِشے کے روپ میں اپنایا ہے۔ میں
نے کویتری کی سبھی ہزار سے ادھک لیلا رچنائیں پڑھی ہیں۔ میں یہ
دیکھ کر دنگ رہ گیا کہ کویتری کے یہاں گورو کے ہزار ہزار
رنگ اور آیام ہیں۔ وہ انکی بھکتی کرتی ہے۔ الوکیے وِنے کرتی
ہے، سکھا کے روپ میں دیکھتی ہے، انہیں ایشٹ کے روپ
میں دیکھتی ہے پتا کے روپ میں دیکھتی ہے۔ اپنے سمتلیہ بھی پاتی
ہے، کبھی کھلنڈرے پن پر بھی اتر آتی ہے اور کبھی وِرہ وِدگدھ
نائیکا کی طرح گورو سے ملنے کی آترتا کا بھی ایسا ورنن کرنے
بیٹھتی ہے کہ سورداس کی گوپیاں یاد آنے لگتی ہیں۔ ایک اداہرن
دیکھیے:-

لیلا لگ نتہ تن نتہ پان ژالے
گووندہ نالی نالے ـــــ متے
گووندہ ناو کی کُلکہ دتمہ نالے
گرگر رُژے نالے
ـــــ متے

بھاگیہ وان دید کی لیلا کویتاؤں میں بار بار لل دید تتھا احد زرگر کا بھی اُلیکھ آتا ہے جن کے ساہتیک و یبھو کا ساجھے دار ہونے کے لوبھ سکا وہ سنورن نہیں کر پاتی۔ کویتری کا یہ کتھن ـــــــ

"بے لل آمژ ژھل گرِتھ
رِ کھمن تہ راد ھاپے"

اُن کے کیندریہ بھاو کو سمجھنے کی درِشٹی سے مہتو پورن ہے۔

ساہتیک پری پریکشیہ کی درِشٹی میں بھاگیہ وان دید کشمیری لیلا کاویہ کے جس کال کھنڈ میں ہوئی ہے اُس پر کرشن جو رازدان (1848 تا 1927ء)، واز محمود (سنہ 1845 تا 19ءء)، صمد میر (سنہ 1893ء تا 1955ء)، تتھا احد زرگر (سنہ 1908ء تا 1984ء) جیسے پرتشٹھت کویوں کے تصوف کا اثر موجود تھا۔ چونکہ کشمیری لیلا کاویہ نے اپنی مول شریرنا بھاتیہ بھکتی آندولن سے لی ہے۔ اس لیئے پرماننڈ، کرشن جو رازدان، گووند کول جی کی پرمپرائیں بھاگیہ وان دید کی لیلا رچناؤں میں بھکتی سمبویدن جو روپ نکھار سامنے آتا ہے۔ اُس کی مول بھاو دھارا اور پریرک شکتی وشنو روپ سے بھارتیہ ہے۔

بھاگیہ وان دید کی لیلا رچناؤں کو سماتک کشمیر کی زمین سے ہی نہیں جوڑتی بلکہ اُنھیں آتیہ بھی دیتا اور

اور نِجتا پردان کرتی ہیں - اِن لیلا کوِیتاؤں کی بھاشا کساز
جیون کے پرتیکوں، اُپماؤں، محاوروں تتھا کشمیری لوک
سنگیت کی دُھنوں سے سمردھ ہے - اِس بھاشا میں گرامین
سموِیدنا کی ایک ایسی لے کاری ہے، جس سے اُس میں نِرنت
ست جیو اور نِرجیو پتر کرتی جھومنے لگتی ہے - جیسے پریم رس
میں پگی کوِیتری کی دیوانگی کی ایک ماتر سہچری ہو یہ بھاشا۔
میرا وِشواس ہے کہ یدی بھاگیہ وان دیلہ
کے وِپل لیلا کاوِیہ کا سمپادکیہ وِویک سے چین کیا جائے
تو نہ کیول دھارمک رُجحان والی کشمیری جنتا اپِتُو ساہتیہ
کے گمبھیر ادھییتاؤں کا دھیان بھی بھاگیہ وان دیلہ
کی طرف آکرشت ہوگا - کیوں کہ وہ سویم ہم سے کہتی ہیں:-

”میلہ بوزرم گُل آگرے“ تتھا ”سارہ تومس
منتر شور خالسی یو“۔

اگنی شیکھر

15، بی - بھوانی نگر
جانی پور جموں 180007

# کأشُرٕ پٔرِو لیکھِو یِتھہٕ کٕنۍ

| اَچھُر سوٗر | علامتھ | ورتاو |
|---|---|---|
| زَبَر | — | |
| اَ | اَ، | اَکھ ، رَز ، خَط ، مَت ، دَو ، نَب ، ہَم ۔ |
| آ | ا، ا | آو ، آب ، آتش ، زاو ، راتھ ، شام ، مام ۔ |
| اٗ | ٗ | اٗچھ ، ژٗر ، ہٗچھ ، تٗر ، مٗشر ، گٗب ، ژٗچھ ۔ |
| آٚ | آٚ | آٚر ، آٚل ، آٚتش ، ماٚج ، واٚج ، آٚس ، تاٚو ۔ |
| زیر | — | |
| اِ | ـِ | تِر ، دِر ، جِھر ، تِہ ، سِر ، دِل ، یِہ ، یِم ۔ |
| ای | ی ، یـ | وٗری ، زآری ، راوی ، ٹین ، تیل ، تیر ، شین ، ویر |
| إ | ـٕ | زٕر ، تٕہ ، رٕژ ، ژٕ ، بہٕ ، سٕتر ، ٹٕکھ ، ترٕ ، زٕلہٕ |
| اٟ | ـٟ | زٟر ، ترٟ ، ژٟن ، قیمٟتھ ، کٟر ، کٟشر ۔ |
| پیش | — | |
| اُ | ـُ | ہُمہ ، سُہ ، ہُم ، ہُمہٕ ، چھُ ، گُر ، شُپ ، ڈُل |
| اۆ | ۆ | دۆر ، ژۆر ، دۆن ، ڈۆن ، زۆل ، ٹۆل ، پۆژ |
| او | و | دور ، دود ، پوش ، اول ، گور ، کوٹ |
| اۄ | ۄ | دۄر ، ژۄر ، شۄد ، کۄٹھ ، اۄن ، تۄٹ |
| اوٗ | وٗ | دوٗد ، ووٗتھ ، دوٗکھ ، لوٗد ، دوٗس ، مٔعوٗل |
| نیمہٕ | — | |
| ے | ےٚ | اۆڈ ، ووٗزھ ، ہۆل ، مےٚ ، ژےٚ ، چھےٚ ، پیٚلہٕ ، نیٚیہٕ |

| اَچھُر دسوَر | علامتھ | ورتاو |
|---|---|---|
| ۂ نیمہ | ۂ | تڑاو، پڑون، دڑوت، گرڑد، پڑم، کھڑاو، کڑکھ، کھڑنگ، میڑون، ہیڑاکھ، تیڑاے، وڑیوڑد، ڑن، زوڑنگلہ، اَنڑ، ہمڑتر، ڈنڑد، شڑتے، تڑرے، دڑیاٹ، |
| ے - | ایاکی | |
| ے | ی، ے | ماے، یاد، زیل، پرے، ماگیے، ہے |
| ٚے | ۂ | بیٚل، رٚل، دبٚد، شٚبن، زٚلو، ہیکھ، ہٚھ |
| ٚی | ی | زوی، اُڈی، وآری، ستری، کآنی، اُنی، لڈی |
| ٚے | یٚ | میٚے، شیٚے، پیٚیہ، کیٚنٚز، شیٚچھ، ژھیٚٹھ |
| ٚ | یٚ | بیٚول، دیٚار، پھیٚار، ویٚاز، ہیٚاد، زیٚاد |

**کاشرِ اَچھر:-** ا - ب - پ - پھ - ت - تھ، ٹ، ٹھ، ث، ج، چ، چھ، ح، خ، د، ڈ، ذ، ر، ڑ، ز، ژ، ژھ، س، ش، ص، ض، ط، ظ، ع، غ، ف، ق، ک، کھ، گ، ل، م، ن، ں، و، ہ، ے۔

# ترتیب

| شمار | بھجن |
|---|---|
| 72 | میں گوٗرو کی داس دیالو |
| 73 | لسُن منٛزے اوٗسے |
| 74 | جاگو جاگو کرشنا |
| 75 | ئیانی لولن |
| 76 | مٕتہٕ گنِدتم |
| 77 | لولہٕ نادٕن دارِتھ |

## گیان

# 1 - ستت گورِ ستہٕ چی وتہٕ

ستت گورِ ستہٕ چی وتہٕ یکہٕ ناوتم
شیٖنیہٕ شیٖنیہٕ شوٕے ژٕرے

یادِ کملوٕ ستلہٕ زاہنہٕ متہٕ تراوتم
چھےٚ شکھتی ہنٛزٕرے دٕرے
پروانہٕ زانتھ نبرِدان ہاوتم ، شیٖنیہٕ شیٖنیہٕ شوٕے ژٕرے

دٕہہ گوم لوٚستھ لوٚہہ پرزلاوتم
چھےٚ لوٚہہ قلیچ دٕرے
لوٚہہ لیکھہٕ ناوِتھ موٚہ ملاوتم ، شیٖنیہٕ شیٖنیہٕ شوٕے ژٕرے

کامہٕ دیوٕنی ہوی جامہٕ گنٛڈِناوتم
چھےٚ شامہٕ سوٚندٕرنی دٕرے
کامنایئن ہنٛزٕ پامہٕ متہٕ دیٚاوتم ، شیٖنیہٕ شیٖنیہٕ شوٕے ژٕرے

لال گنٛڈاوِتھ لول منےٚ تہٕ حیاوتم
چھےٚ لالہٕ لوٚلیچ دٕرے
لوٚکہٕ نیٚندٕیائن کن متہٕ تھاوتم ، شیٖنیہٕ شیٖنیہٕ شوٕے ژٕرے

گنٛڈِ کٹھہ سےٚ منٛزٕ پٹہٕ یلہٕ تراوتم
ژٕھٹہٕ ژٕھٹہٕ ناوتم ژٕرے
منٛڑہٕ موٚہ کلاوِتھ موٚٹھ وٕٹہٕ ناوتم ، شیٖنیہٕ شیٖنیہٕ شوٕے ژٕرے

رٕتھ چلاوِتھ راس کرِناوتم
چھےٚ راسہٕ منٛڈٕلیچ دٕرے



راہ بیٚون تھاوِتھ رٕوہ کرِناوتم ، شیٖنیہٕ شیٖنیہٕ شوٕے ژٕرے

آکاش کھاٸِتھ پرکاش ہاوتَم

نَقاشں چھاوتَم ژٕرے

سۄکھنہٕ ناوِتھ لوٗلہٕ ناوتَم ، شیٚنیہٕ شیٚنیہٕ شہوٕے ژٕرے

موہہٕ نیٚندراہے مَنٛز وُزناوتَم

ہاہوٗ ہاوتَم ژٕرے

کوٗسہہٕ کھٔنہٕ ناوِتھ مُہہ چھلہٕ ناوتَم ، شیٚنیہٕ شیٚنیہٕ شہوٕ ژٕرے

نار نٔرماوِتھ نوٗر پھوٗلہٕ راوتَم

چھکھ نارانیے ژٕرے

گاہ شوٗلہٕ ناوِتھ گووِنٛدہٕ ہاوتَم ، شیٚنیہٕ شیٚنیہٕ شہوٕے ژٕرے

مَس چاوِناوِتھ مَست بَناوتَم

حلسہٕ پھِرناوتَم ژٕرے

خام مَرناوِتھ خام مَتہٕ نٔھاوتَم ، شیٚنیہٕ شیٚنیہٕ شہوٕ ژٕرے

تول گرِناوِتھ تول بَرناوتَم

زٕل ناگراوتَم ژٕرے

نوٗرچہٕ نیٚہالہٕ سَنگ واتناوتَم ، شیٚنیہٕ شیٚنیہٕ شہوٕے ژٕرے

دوٗرِرچ دوٗرِ بین نَشہٕ ژٕرے نٔھاوتَم

وارِ پٔرزناوتَم ژٕرے ۔

نارس نوٗرچ نَظراہ تراوتَم ، شیٚنیہٕ شیٚنیہٕ شہوٕے ژٕرے

نوٗرکیٚن چَمَنن گُلہ پھوٗلہٕ راوتَم

گُل ژٕرے تہٕ بُلبُل بے

بے رَنٛگہٕ لوٗہ شُس مُشکاہ ہیاوتَم ، شیٚنیہٕ شیٚنیہٕ شہوٕے ژٕرے

ہرِ دٕپہٕ واوِک لوٗہ چھپراویاوتَم

شراد نبی زان پھوٗلہٕ ہی

ھٔرنیے کرِشنن موختہٕ لوٗہ ناوتَم ، شیٚنیہٕ شیٚنیہٕ شہوٕے ژٕرے

کُٹھلے گوٚوِنٛدٕ گۄ کٔرِ ناوِتم
ہئو ہئو کٔرِہا بے
بھاگیٚہ وان لبٕتہٕ سیتیٚ دم دیاوِ ناوِتم، شینیہٕ شینیہٕ شۄٚ تڑے

# 2- ہوشہٕ آلیس چانہٕ سوگنٛدٕ

ہوشہٕ آلیس چانہٕ سوگنٛدٕ لولو
ست گوٚرمِیانہٕ یمپوشہٕ گوٚنٛدٕ لولو

گوٚرٕ لگہٕ لیو یمپوشہٕ پادن لو
اَدٕ لگہٕ لیو ست سیموادن لو
اَدٕ لگہٕ لیو بالائی ینٛدٕ لولو ، ست گوٚرمِیانہٕ یمپوشہٕ گوٚنٛدٕ لولو
اَدٕ لگہٕ لیو یمپوشہٕ اَتھنے لو
بیٚیہٕ لگہٕ لیو ستہٕ چھوٚن کُھتھنے لو
ستہٕ سیتی نِشاے میٚون اَنٛدٕ لولو، ست گوٚرمِیانہٕ یمپوشہٕ گوٚنٛدٕ لولو
اَدٕ لگہٕ لیو یمپوشہٕ رَنٛگہٕ سے لو
بیٚیہٕ لگہٕ لیو ست ست شنگسے لو
ستہٕ سیتی ست لیٚس مَنٛدٕ لولو، ست گوٚرمِیانہٕ یمپوشہٕ گوٚنٛدٕ لولو
اَدٕ لگہٕ لیو یمپوشہٕ موٚکھہٕ سے لو
ژٕے ڈیٚشتھ وآژِس پرمہٕ سوکھہٕ سے لو
ژٕ ووٚم آنٛنٛدٕ یتھٕ گنٛدٕ لولو، ست گوٚرمِیانہٕ یمپوشہٕ گوٚنٛدٕ لولو

اَدِ لگہٕ لو ہمپوشہِ جامَن ژٕریے
منّے تہٕ وَنتم کیاہ چھِ مَنہٕ کامَن ژٕریے
گرٛیترِ آگرٕ ٹرارٕ یا سینٛدِ لولو، سَت گوٕ رٕشیانہٕ ہمپوشہِ گوٕ نٛدِ لولو

اَدِ لگہٕ لو ہمپوشہِ کامنا ییے
ہمپوشی پھوٚلی مو جایہٕ جاییے
سوٗنتہٕ ہَردٕ تہٕ ریتہٕ کالہِ وَنٛدِ لولو، سَت گوٕ رٕشیانہٕ ہمپوشہِ گوٕ نٛدِ لولو

اَدِ لگہٕ لو ہمپوشہِ نیٚترَن لبے
سال کرٕہے سَت کھیلہِ وُھترَن لبو
باوٕ ہمپوشن پھوٚلمو ووٕ نٛدِ لولو، سَت گوٕ رٕشیانہٕ ہمپوشہِ گوٕ نٛدِ لولو

اَدِ لگہٕ لو ہمپوشہِ ڈیکہٕ سے لبے
وَڑھہِ وآلنجہِ لوٚشبرِ نکھہٕ سے لبو
یَترٕ پرٕ ژھٕنے ییٚترٕ ژھہِ ہیٛدِ کیٛدِ لولو، سَت گوٕ رٕشیانہٕ ہمپوشہِ گوٕ نٛدِ لولو

اَدِ لگہٕ لو ہمپوشہِ سَرٕ ہے لبو
خُشمہٕ وَنٛدِ لو زٕرَس زَرٕ سے لبو
خَشمہٕ ستی تارٕ ٹوگ نَٛدِ لولو، سَت گوٕ رٕشیانہٕ ہمپوشہِ گوٕ نٛدِ لولو

اَدِ لگہٕ لو ہمپوشہِ مُورُژ لبو
بیٚیہٕ لگہٕ کرٕ شینہٕ مُورُژ لبو
پانٛژھ پٕران تہٕ ژٕرے بھاگیہٕ وان وَنٛدِ لولو، سَت گوٕ رٕشیانہٕ ہمپوشہِ گوٕ نٛدِ لولو

# 3 - سَت گوٗرکٕن تھاو

سَت گوٗرکٕن تھاو زیرِ بمہٕ ہیے
چھِہِ مھٕرمہٕ ہیے مَنہٕ مَنٛتر جلیے

گوٗر چھُم گرِ گرِ، گرِ آشرمہٕ ہیے
غارٕ مھٕرمہٕ ہیے کیٖاہ پٔرژھ دایے
پوٗشیرِ گنٛدھ کرٕ زانتھٕ شمہٕ ہیے، چھِہِ مھٕرمہٕ ہیے مَنہٕ مَنٛتر جلیے

اومہٕ آکار وُچھ انٛدر اومہٕ ہیے
اومہٕ نیے نٔرٹ سرِ خمسیے جایے
سَت بوز ہیچھ روزنٲتھ ٲہم ہیے، چھِہِ مھٕرمہٕ ہیے مَنہٕ مَنٛتر جایے

دیانٕ زان کرٲتھ اَگمہٕ ہیے
چھُنہٕ عالمہٕ ہیے پوٗشنٕ پایے
یارٕ گارتار وُچھ اَتھ ناوِ نمہٕ ہیے، چھِہِ مھٕرمہٕ ہیے مَنہٕ مَنٛتر جایے

زھوٗٹہٕ تارہٕ ہیٚچھِ لاگ ستیٚہ ہیٚچھ شمہٕ ہیے
ہار بَر لارنہٕ کرٕ آہار ✤ ✤
ژھلہٕ اکہِ نال وۅل للہٕ جمہٕ ہیے، چھِہِ مھٕرمہٕ ہیے مَنہٕ مَنٛتر جایے

کرٕشنٕ تہٕ گیٖتو لبٕتھ ژرمہٕ ہیے
کُنٕ چھِیے کیٚول دوٗرہٕ کرٕ ژھایے
موٗختس ہارینہٕ سیٚتہٕ دارتَرمہٕ ہیے، چھِہِ مھٕرمہٕ ہیے مَنہٕ مَنٛتر جایے

پیے ہیٚچھ پاپٕنس لےٚ گرٲو مہٕ ہیے
ہیٚوٚ ہیٚلہٕ زانٕ اپٕرمپار

لوکِہ نارَن لارکرٕمہٕ ہسے ، چھِے مُحرمہٕ ہسے مَنہٕ منٛز جلے
گوٚوِنٛدٕ گوبِنٛد مٕنادٕ چھِے اڈٕمہٕ ہسے
گُکُلہٕ دَمہٕ ہسے مَنٛشز وُچھِ تٕرٲے
دَم ہیتھ دَم رٹھ موٚیٕراژٕمہٕ ہسے ، چھِے مُحرمہٕ ہسے مَنہٕ منٛزجلے
وٲتِتھ اَدٕ ہیٚژھ غایہٕ غایالس
کرٕجانالس لوٚلہٕ مَتہٕ لاے +
نارٕ ہمپوار وُچھ آب زمنٛزمہٕ ہسے ، چھِے مُحرمہٕ ہسے مَنہٕ منٛز جاے
گوٚوِنٛد تاوُس ٹایکٕتھس ہٕتمہٕ ہسے +
مَنہٕ مَنٛشز کرٕ ہاۍس لوٚلہٕ مَتہٕ لاے
نِیوُ بھاگیہٕ وانے سَتہٕ آگمہٕ ہسے ، چھِے مُحرمہٕ ہسے مَنہٕ منٛزجلے



# 4 - سَت لوٚز سَت گوٚر

سَت لوٚز سَت گوٚر چھِم شُکھتہٕ ناتھے
مِنے شَکتہٕ پاتے کرٕتھ گوٚم +
نوٚن جانانے وَنٛدس جانے ، تَمی سُنٛد دِیانے دٕرِتھ گوٚم
سَت گوٚرٕ شبدے ہیٚلہٕ گوٚم وُنِتھ +
مَنہٕ چے واجے کھُتِتھ گوٚم -
پاپَن تہٕ پوٚنِن تَمِلہٕ گوٚم ہٕرِتھ ، مِنے شَکتہٕ پاتے کرٕتھ گوٚم
نیٚبرے دوٚیِم اَنٛدرے اٹھُن
دہِہ دوٲرکَسے نِژرُن چھُم

سَم چھیٹھ سمندرس ٹرِتھ ، مےٚ شکتی پاتے کرِتھ گوم

بوٗنے آسِس کھٕٹرِس ہشوٗرٕ رٕے

سوٗرٕ رے موٗرٕ رے اُرتھ ہیشوم

لیُس گوٚرٕ پرٕ مےٚ ہیی ٹُرتھ ، مےٚ شکتی پاتے کرِتھ گوم

کُکلہ ہنٛدی پاٹھو دِتی مےٚ دَمے

وُچھُم ہٕمے سوٗ ہم سوٗ

سوٗہس تہٕ ہمس الوٗر ٹرِتھ ، مےٚ شکتی پاتے کرِتھ گوم

گوٗرن دوٚپُم ژھوپے ژھوپے

ژھوپے نیپے نیپے چھپے

وُچھ نیپہٕ نیپے گوٚٹ ہیشوم اُرِتھ ، مےٚ شکتی پاتے کرِتھ گوم

تتھ وٕنتہٕ نیپہ لَس اَنٛدی اَنٛدی

بالا ہنٛدی گنٛڈتھ گوم .

ذٕرس ذٕر چھُم جبرِتھ ، مےٚ شکتی پاتے کرِتھ گوم

واٗژٕس تھالس اَنٛدر پالس

لامکانس ہا وِتھ گوم ،

لیُس گوٚرٕ دیالس روٗدٕ رے سوٗرِتھ ، مےٚ شکتی پاتے کرِتھ گوم

منٛتر لوکہٕ چارس اہنکارس

سوداگارس دِتُم مناد

نادان گییس سودا کرِتھ ، مےٚ شکتی پاتے کرِتھ گوم

بُجُر وُچھُم شمن شمن .

اومن اُٹھُم رُمن جاے

ہم آسہٕ شمن تم گیہ اُرِتھ تے ، مےٚ شکتی پاتے کرِتھ گوم

لَل دیَد ژھنووُم توّندوٗر ئُرتھ
مَنصوٗر کأٹھس گرُتھ گوم
بھاگیہ وان رٕوزِہے زِندے مُرِتھ، مےّ شَکتی پاتےٕ گرِتھ گوم



وِشے بھوگ سے دِل کے
پُرزے اپنی جگہ سے کھِسک جاتے
ھیں
اور وُہ ضرورت سے زیادہ چنچل
ہو جاتا ہے



# 5- سَت گوٗ رزارَن کُن تھوُم

سَت گوٗ رِ زارَن کُن تھوُم ، مَن میٖون اَنتَن قوٗبوٗ ہَس

مَن میٖون کوتاہ زوراوار ، مَنہٕ نے کرٕنس بیشُمار
سَبٕد رَزہٕ کَرِتس زن پہَس ، مَن میٖون اَنتَن قوٗبوٗ ہَس

مَنہٕ نے تنتر آدم دوٗرِ ے ، یَتھ چھُنہٕ مسوٗ ران کھوٗرِ ے
دوٗران چھم رانَس دوٗ ہَس ، مَن میٖون اَنتَن قوٗبوٗ ہَس

مَنہٕ سے کوٗ تاہ زوٗرے ، مَن میٖون گوژ دیوٗرُے
وٗ تھ ڈٕری یاوَس کھوّت گوٗ ہَس ، مَن میٖون اَنتَن قوٗبوٗ ہَس

مَنہٕ نے کرٕی نم خنٛدٕ ے ، مَن میٖوٗن تھٕوٕ تم اَنٛدٕ ے
سُیتھ تَن چھِ آسَن لٔشہِ روٗحَس ، مَن میٖوٗن اَنتَن توٗلیوٗ ہَس

مَنہٕ نے زٕڈٕنم تھٕزرٕ ے ، مَنہٕ نے ہَشد کرٕ تنظرٕ ے
سُیتھ دٕم چھُے پادٕرٕ سٕہٕس ، مَن میٖوٗن اَنتَن توٗلیوٗ ہَس

مَن چھِ چُھمتہٕ روٗزران ڈٕربے ، مَنہٕ نے ترٕچہٕ نم لٔنیجے
ژھانٛڈان چھُ ہٕمَس سوٗ ہَس ، مَن میٖوٗن اَنتَن توٗلیوٗ ہَس

مَن میٖوٗن کوتاہ بلوان ، مَن چھُنہٕ دِوان اَتھ ترٕان
ہَشد کرٕ تَن مَنٛترٕ سٕ سوٗ ہَس ، مَن میٖوٗن اَنتَن توٗلیوٗ ہَس

مَنہٕ ہے کانٛزاہ ٹیکتے ، مَنہٕ نے اَنی نم سَختی
ژھانٛڈان گووِنٛدٕ گوہَس ، مَن میٖوٗن اَنتَن توٗلیوٗ ہَس

مَن چھیٖوٗر ذرٕ سٕ ذرٕ ہے ، مَن ووت لٔشہٕ زرگرٕ ہے
ذرٕ ذرٕ ہاوٕ ہم پرٕ کھوٗ ہَس ، مَن میٖوٗن اَنتَن توٗلیوٗ ہَس

گووِنٛدٕ گوٗ سوٗ رِہاگیہٕ وان ، لے گرٕ ٹھہ پانے مَن نہٕ ترٕان

لے گرٕ ٹھہ سوٗ ے ہٕمَس سوٗ ہَس
مَن میٖوٗن اَنتَن توٗلیوٗ ہَس



# 6 - وَنہٕ وٚلِّسی ژٕرے سَت گوٚرٕ ہے

وَنی وٚلِّسی ژٕرے سَت گوٚرٕ ہے ، وۄنی کوٚ سہ پۆزا کرٕ ہے

وُژھ سے پٔتھ ہے پیشارے ، پٔرارن ڈٔ چھنے دارے
دَمہٕ دَمہٕ اُمریشوٕرٕ ہے ، وۄنی کوٚ سہ پۆزا کرٕ ہے

وُژھ سے نیٚتھ پٔرِبھالش ، پۆزکرٕ شکتی ناتھس
دَرٕ دَرٕ شٔرٕ بھاسکرٕ ہے ، وۄنی کوٚ سہ پۆزا کرٕ ہے

وۄتھ ہا سۄلے وۄلے ، پٔرارس تُلہٕ موٚلے
بھوانہٕ بھوٚ تیشوٕرٕ ہے ، وۄنی کوٚ سہ پۆزا کرٕ ہے

کھیتہٕ کھیتہٕ راترِ دِہنے ، پۆزا کرٕ تنہٕ متے
گنگا یہٕ گنگا دھرٕ ہے ، وۄنی کوٚ سہ پۆزا کرٕ ہے

ژھا نجوم صُبحہٕ تے شامے ، سوزٕرس کوٚت یا گامے
گرٕ کتہٕ کرٕ ونا کرٕ ہے ، وۄنی کوٚ سہ پۆزا کرٕ ہے

ژھا نجوم ذٔرس ذٕرٕ ہے ، گرٕ چھم منہٕ مَندرٕ ہے
شکتی شِوٕ شنکرٕ ہے ، وۄنی کوٚ سہ پۆزا کرٕ ہے

لولہٕ سِتی لالیس نادے ، سیوٚس یمپوشہٕ پادے
گرگرٕ تس آگرٕ ہے ، وۄنی کوٚ سہ پۆزا کرٕ ہے

دِرالیس توشن توشن ، گوٚندی کرٕ پٔریمہٕ یمپوشن ۔
مُشتاق مُشکہٕ انبرٕ ہے ، وۄنی کوٚ سہ پۆزا کرٕ ہے

دوہ گوم پٔراران پٔراران ، اَشہ کنہٕ خوٗن چھیس ہاران

ہیہ ژٕتہ اُد ماہر ہے ، دوُ نی کوہ سہ پوٗزاکر ہے

پکہ ہا سَت گوہر رایے ، وُنی دِمہٕ جایہ جایہ

جایہ جایہ جبٹا ذہر ہے ، دوُ نی کوہ سہ پوٗزاکر ہے

ژھانڈلیس گووِشنہ ناوے ، بھاگیہ وان بھکتی باوے

وِزِ وِزِ وٕیشمبر ہے

دوہ نی کوہ سہ پوٗزاکر ہے



## 7 - رَسہٕ رَسے دِل مئے نیوٗتھم

رَسہٕ رَسے دِل مئے نیوٗتھم ، اَسہٕ وِنے سَت گوہرے

مہ سا پھِرنا دبر برے — گرٕ منترے دِم ہرے

ہم مُر آری تشنگرے — اَسہٕ وِنے سَت گوہرے

پٔران او سُم ولسمرے — دِیا نہٕ سِتی گوکھرے

چیوم پیالاہ آگرے — اَسہٕ وِنے سَت گوہرے

چھیس گلگن الیشر شرے — کالہ بیہٕ چے چھم تھرے

نوٗر ہی گرتم نظرے — اَسہٕ وِنے سَت گوہرے

لوٗبہ ڈ چھم چونے دفترے — اَزرے اَمرے

ژرے چھکھ دِل تے دِلبرے — اَسہٕ وِنے سَت گوہرے

برُونٹھ چھم اَمرت جُبرے — تمہ کِنی چھیس ولسمرے

کوٗل پھِرنا و آگرے — اَسہٕ وِنے سَت گوہرے

اَچھ لوشُن مالہٕ کرٕ رے لچھہ ناوے سَت گوٚرٕ رے
اَچھ دآر زن گیٚس برٕ رے اَسہٕ وٕنے سَت گوٚرٕ رے
زنگہٕ کھٹنٕے وَ ہتھرٕ رے پرٕنگ میانے الیشوٚر رے
پکھنے اوٚ پان مارٕ رے اَسہٕ وٕنے سَت گوٚرٕ رے
تیٚلہٕ چوم او مہ کُے ہرٕ رے یٚیلہٕ لوٚڈھوم سَت گوٚرٕ رے
چیٚیہ مِٹے ستھ سمندرٕ رے اَسہٕ وٕنے سَت گوٚرٕ رے
ڈوٚن ہا بھاگیہ وانہ کُن بوداٗرٕ رے آگرٕ رے سَت گوٚرٕ رے

لولہٕ سٕکے کرٕتھ گفتارٕ رے
اَسہٕ وٕنے سَت گوٚرٕ رے



## 8- تن میٚجی سَت گوٚرٕ تنے

تنٕ میٚجی سَت گوٚرٕ تنے مٕے یار وُچھہ ہنہٕ ہنے

سَت گوٚرٕ دلوٚن ووٚنُم دیانا ہ تمی سُنُد اوٚ تمُ
ہتھوُم مِٹے منثر ہنے مٕٹے یارٕ وُچھہ ہنہٕ ہنے
سَت گوٚرٕ دلوٚن لوٚزُم تمی دیان ہنٛز سوزُم
ہتھوُم سُے ثرٕ وٕنٕشٹھہ کنے مٕٹے یارٕ وُچھہ ہنہٕ ہنے
سَت گوٚرٕ دلوٚے لوٚڈھوُم وُتھ نی شری باشن میٚٹھوُم
زیٹھہ کھوتہٕ لوٚنگ زیٹھنے مٕٹے یارٕ وُچھہ ہنہٕ ہنے
سَت گوٚرٕ دلوٚن پانے سوزُم مٕٹے پریمک باتے
گلہٕ کرلُن کُتھ اتھنے مٕٹے یارٕ وُچھہ ہنہٕ ہنے

سَدا شوٗبہٕ کھوتے — گوٗوہٕنڈ رۆپا دوٗتے
شولان مۆے بڑوٗنٹھ کنے — مۆے یار وُچھ ہَنہٕ ہَنے
گرٛسِ ہے روٗ پہٕ مَنزوٗلے — بَرسِ جگرُک لوٗلے
وُچھِس ووٗ نی کوٗرِ کنے — مۆے یار وُچھ ہَنہٕ ہَنے
دوٗرِ ن چھُ ماران گرٛایے — وُچھِم اَنٛدرِمہٕ رایے
وُچھِس تیٖلہٕ ییٚلہٕ بَنے — مۆے یار وُچھ ہَنہٕ ہَنے
سَدا شوٗبہٕ رۆپے — زَن گَٹہٕ اَنٛدر دیپے
سُے زانہٕ لیٚس یِی بَنے — مۆے یار وُچھ ہَنہٕ ہَنے
وُچھہٕ ہَن گوٗوہٕنڈ کوٗلے — ووٗ تیمی بڑیمک بیٖتوٗلے
سیُے لوٗنہٕ لیٚس لوٗل گَنے — مۆے یار وُچھ ہَنہٕ ہَنے
یِی ہٕھاگیہ وانٕے وَنے — تی کوٗنہٕ پاتے بَنے
ییٚلہٕ لوٗلہٕ قلمہٕ کھَنے
مۆے یار وُچھ ہَنہٕ ہَنے



## ۹ - پیٚالہٕ بَرِ بڑیمک ہیٚیہ کسُ چیٚوُنے

پیٚالہٕ بَرِ بڑیمک ہیٚیہ کسُ چیٚوُنے، سالہٕ ییٚہ سَت گوٗرِ میٚتوٗنیے
لوٗدِ بڑور سوٗرِ مَس گومژ یکُ کوٗنے، لوٗدِ بڑور ہیٚیہ دوٗدِ چیٚونیے
نوٗرِ یتی ہیمہٕ ہَس گوٗرِ کرُوتے، سالہٕ ییٚہ سَت گوٗرِ میٚتوٗنیے
بڑیمک لوٗ زن چھُم پاکہٕ وونے، پانہٕ کنہٕ دوٗدِ مَنٛدوٗنیے
لوٗلکہٕ نارِ چھُم پاکہٕ اَلوٗنے، سالہٕ ییٚہ ہَتا گوٗرِ میٚتوٗنیے

بھوانہٕ ہیٚو تمس تھال منگونے ، ہیٚتھ ییہ بھوتیشو رمیٖو نیٚیے
گووینٛد ناوس چھُ سال کرونے ، سالہٕ ییہ ستگوٗر میٖو نیٚیے
ستکہٕ سو بھاوِ سنتہٕ منے رونے ، بھوانہٕ ہیٚو تمُ باگرو نیٚیے
ویدیا یہ ہیٚو تمنے پاتے آپرونے ، سالہٕ ییہ ستگوٗر میٖو نیٚیے
ورُتن ہیٚو تمنے ورِش ترٛاونے ، ورشُن چھُ امرِت پرٛونیٚیے
پرٛمک لوٗنی چھُ ترلیشہٕ کنہٕ جیوتے ، سالہٕ ییہ ستگوٗر میٖو نیٚیے
گنگا یہ گٔنگا زل ہیٚوت دِتنے ، ندِئن ہیٚوتُن بھیرو نیٚیے
گوٗرہٕ سے تمہٕ سیتی اتھہٕ سنورِشونے ، سالہٕ ییہ ستگوٗر میٖو نیٚیے
عائشہٕ متہٕ کریو لویشہٕ ورِشونے ، خوش کرٕ دِل از میٖو نیٚیے
میٖون ڈھوکرُ گرٛدہٕ وُزناونے ، سالہٕ ییہ ستگوٗر میٖو نیٚیے
لولہٕ نارہٕ تھوٗو تھم زورہٕ دزِونے ، تمہٕ سیتی ہیمہٕ شولو نیٚیے
دمہٕ دمہٕ کھسمہٕ ہائے اومہٕ ژھیٚوٗٹ چونے ، سالہٕ ییہ ستگوٗر میٖو نیٚیے
گووینٛدِ گوٗ ہیٚوت کُکلہٕ ونونے ، شِوشکتی بوزہٕ وو نیٚیے
بوزکُن دآرِتھ دِل کھولہٕ میٖونے ، سالہٕ ییہ ستگوٗر میٖو نیٚیے
بھاگیہٕ وانہٕ ہیٚوت تمنے لولہٕ ونہٕ وونے ، میٖون ستگوٗر ہے نُندلو نیٚیے
سال کرِتھ چھم نالہٕ رٹونے ، سالہٕ ییہ ستگوٗر میٖو نیٚیے
گٔڈہٕ کنٛڈِ سے گرٛدہٕ برمنترونے ، گیانہٕ ژوٗنگ گرٛدہٕ زالو نیٚیے
وشیکہٕ واوِ نا ژھتہٕ گرٛدونے ، سالہٕ ییہ ستگوٗر میٖو نیٚیے
وٹہٕ سیتی گرٛدہٕ وٹھ چھپٹرونے ، ترٛٹہٕ ورشُن ژالو نیٚیے
خالہٕ لیے خال نیرِ لال ادِ نوٗنے ، سالہٕ ییہ ستگوٗر میٖو نیٚیے
سوٗہم شبدس کن دارونے ، اوٗم لیہٕ تن کھارو نیٚیے ۔
اٹہٕ منترِتھ گرٛدہٕ بیٹھ وونونے ، سالہٕ ییہ ستگوٗر میٖو نیٚیے

رٕژھ رٕوٕ کاوِتھ ہٕتھ کرونےٚ ، گٔژھ دُشمَن کرو نیٖرِیے
نٔژھ نُشرٲوِتھ نوٚٹ گرٕژھ چیوِنےٚ ، سالہِ ہیٚیہِ سَت گوٗر میٚوٗنیٖرِیے
گٔژھ ستیٖ لوٚگمُت زٕوٗنہِ ادس گرٕھنےٚ ، لٔٹہ لٔٹہ ہاو دَرشُو نیٖرِیے
سِری ہیٚنہِ ژھِٹہِ گوم لوٗشہِ درشُونےٚ ، سالہِ ہیٚیہِ سَت گوٗر میٚوٗنیٖرِیے
کرٕالن موٗنڈٕ نَم میٚتٕر ہٕنٛد لوٚنےٚ ، رٕوٕ پا بٔنیٖوم نُنٛدٕ لوٚ نیٖرِیے
اَنٛدرِم جانانہِ ہیٚیوٚ تتھ بَدلونےٚ ، سالہِ ہیٚیہِ سَت گوٗر میٚوٗنیٖرِیے
لوٗلک اسرار بھاگیہ وانہِ دوٗھنےٚ ، سَت گوٗر میٚوٗن نُنٛدٕ لوٚ نیٖرِیے
بھاگیہ وان قلمہ ستیٖ گرٕژھ لیکھونےٚ
سالہِ ہیٚیہِ سَت گوٗر میٚوٗنےٚ

## 10 - گوٗرٕ واکہِ وَر میٚوٗل

گوٗرٕ واکہِ وَر میٚوٗل گرٕ گرٕ لٔلے
لوٚ گٔلہِ گٔلے چاوٕ نَس مَس

کھوٚ نہِ کیٚنٛہہ کھارنَس بہٕ مٔنٛز کولے ، لوٚ گٔلہِ گٔلے چاوٕ نَس مَس

لیٖس ٹوٗٹھہِ سَت گوٗرسہٕ کوو ڈٔلے
سٕے گٔلہِ گٔلہِ چیٚیہِ ژٕریٖمک مَس
روزِ مٔنٛز زٕوٕلے اَدکونہٕ زٔلے ، لوٚ گٔلہِ گٔلے چاوٕ نَس مَس

سیدٕ مالی اَرتھاہ پرٕژھیوٚ وَلٔلے
لٔلی منےٚ تہٕ وٕنتہِم منےٚ تہٕ دِتہٕ حبس
حبیبہٕ کُس مَس چھُپےٚ پرٕیچھِ کولے ، لوٚ گٔلہِ گٔلے چاوٕ نَس مَس

نِشندرایہ دَکہٕ دِتھ کاسہٕ زوٗلہٕ زوٗلے
کُلہٕ کُلہٕ تھوٗ کوٗلہٕ بٕٹھِنے جیٖس
دَم دِتھ دُردانہٕ کھارٕ مُنٛزٕ کوٗلے، بُو گُلہٕ گَلے چاوٕنَس مَس

لۄ تہٕ لۄ تہِ لال کھارِ ہیٖٛر موٚلے
بیٚیہٕ مُشنٛز کوٗلہِ چیٚیہٕ ژُرِک مَس
داماہ جیٖنتھ اَدٕ پانٕے یوٗلے، بوٗ گُلہِ گَلے چاوٕنَس مَس

موٚلہٕ ہِین لالَن مالہٕ ییٚلہِ کَرے
تھُرِ لوٗس زَن ییہٕ ہَرٕسے ہیٚتھ
گَرٕ سے مُنٛز لَس لَلہٕ وِی لوٗلے، بُو گُلہٕ گَلے چاوٕنَس مَس

ہَرٕ شِنٛدِ لَلہٕ وِنہٕ گُل مَل چھِلے
لولہٕ سوٗ گَلے سُے وَلہِ پان
لَس گوٚرٕ چھِلے پٕرِیمہٕ سا کَلے، بوٗ گُلہٕ گَلے چاوٕنَس مَس

مَنہٕ کِس آنٛس مَل ییٚلہٕ تَلے
زَن مُشنٛز مالے چمکی لالے
سُے گوٚرٕ ژَرنَن زٕو کوٗنہٕ مَلے، بوٗ گُلہٕ گَلے چاوٕنَس مَس

لَس گوٚرٕ دَیا سُہٕ نوٕ زراشہٕ ڈَلے
ہوٕ جیٖمبِژ کوٗلے سُے اَنہٕ زَل
سَرٕ سے مُشنٛز زَن ہَمیوٗش پھوٗلے، لوٗ گُلہِ گَلے چاوٕنَس مَس

گوٚوِنٛدِ گوٚ کوٚر اَمہٕ کُھلے
شِوٕس تہٕ شکتی لوٗمیٖت ناد
بھوانہٕ بھاگیہٕ وانہٕ ہیٚوٚت مُنٛز لوٗلے، لوٗ گُلہٕ گَلے چاوٕنَس مَس

# 11- میانہِ ست گوڑ چانہِ چکہ چاوے

میانہِ ست گوڑ چانہِ چکہ چاوے
بھبوسرِ ہے گنڈِ ہٲے ناوے

وکھ شیرے اوٚنگلے اوٚنگلے
اَتھہِ نے منز لدِ ہٲے لوٚنگلے
کتھہِ وے ہیتی گلُ بھولہِ ناوے، بھبوسرِ ہے گنڈِ ہٲے ناوے
زن گاڈ چھس منزرِ ہی یاوس
لوٚت زور چھا لولکس واوس
چھمنہِ رکھُن کیاہ روٗکاوے، بھبوسرِ ہے گنڈِ ہٲے ناوے
سال کرِ ہٲے زیٚیے جانانس
فرشہِ مخمل بیٹھ ڈالانس
لولہِ پیالے چھم تراوِ تراوے، بھبوسرِ ہے گنڈِ ہٲے ناوے
سال کرِ ہٲ چانہِ میترن
پیالہِ لرِ ہٲ پمپوشہِ پیترن
ان انہِ ہٲ سوٗ ہم چھاوے، بھبوسرِ ہے گنڈِ ہٲے ناوے
بیبلہِ زیٚیے نِش لوٗزن انِے
تیٚلہِ باغن گلُ بھولہِ نے
گُلہِ دستو کرِ ہٲے واوے، بھبوسرِ ہے گنڈِ ہٲے ناوے
مال کرِ ہٲے لولہ کین پوشن
کُنہِ روشن کُنہ چھس توشن
کُنہِ دِ ہٲے اندرِ مہ کراوے، بھبوسرِ ہے گنڈِ ہٲے ناوے

مال کرٕ ہاے گلُ کُنو سمن
سال کرٕ ہاے یمن ستمن
سیٹھہٕ مشٕرِتھ سیر کیٚتھہٕ باوٕے، بھوسرٕ سے گنٛڈٕ ہاے ناوٕے

مَنہٕ مَنزٕ لِس منزٕ باگ تھاوِتھ
یُتھ روٗشلکھ تسٕلیہٕ مَنہٕ ناوِتھ
لولہٕ منزٕل لوٗت اُلراوٕے، بھوسرٕ سے گنٛڈٕ ہاے ناوٕے

کرٕشنہٕ روٗپَن دِل نیوٗم ژوٗرِ
سَنہٕ کورٕ نم ہورٕ گیچہٕ حوٗرِ
تَنہٕ ستی مسٕن مِلہٕ ناوٕے، بھوسرٕ سے گنٛڈٕ ہاے ناوٕے

دِیُت کُلکی گووِندٕ آلو
یانہٕ یشو آو تمہٕ ویے نالو
زیادٕ ٹوٹھ چھم گووِندٕ ناوٕے، بھوسرٕ سے گنٛڈٕ ہاے ناوٕے

سوٗرٕ بھاگیہٕ وانہٕ گووِندٕ ناوٕے
یہٕ چھُ سوٗرٕ سے بھگتی باوٕے
چھوٗل مےٚ غم بم گووِندٕ ناوٕے، بھوسرٕ سے گنٛڈٕ ہاے ناوٕے

## 12- ست گورٕ تنہٕ گوم

ست گورٕ تنہٕ گوم تن مِلہٕ ناوِتھ
سوٗرٕ سے سیر ازٕ باوِتھ گوم۔

کُس ہیکہٕ لوٗزِتھ، کُس ہیکہٕ باوِتھ
مَنہٕ کُس آفرین آوِتھ گوم

گرٕ گرٕ رۄزِس لرِیان سآوِتھ، سوٗرٕے سیرِ ازٕ باوِتھ گوم
رٕنگہٕ کُھٹٕے تھوٗو مس پرٕنگ وٕتھٕرآوِتھ
سوٗرٕے غم غوصہٕ تشرآوِتھ گوم

عائشہٕ موٚت لۄشہٕ گوٚند شانٕد کنہٕ تھاوِتھ، سوٗرٕے سیرِ ازٕ باوِتھ گوم
ژلہٕ منٛز نفرٕس کآتہٕ تلہٕ ناوِتھ

توٚ شدٕرس منٛز ہنہٕ ناوِتھ گوم

تنہاتا میل اوٚن منے کرٕناوِتھ، سوٗرٕے سیرِ ازٕ باوِتھ گوم
بجٕرس دِتشنم بہار ہاوِتھ
سوٗرٕے سودا چھیاوِتھ گوم

ناحق لوٗکہ چار زھُن منے راوٕراوِتھ، سوٗرٕے سیرِ ازٕ باوِتھ گوم
دِلہٕ منٛز گوٚہ رسے یِی دیٚت ہاوِتھ
نیٚندرٕے منٛز وُزٕناوِتھ گوم

شیٚرس شہمار لاکم دِیاوِتھ، سوٗرٕے سیرِ ازٕ باوِتھ گوم
ساتھ ذٕری یاوٕے پیتھ کُن تشرآوِتھ
ہُتھٕ پیٚٹھہٕ لۆلی لوٗزٕناوِتھ گوم

ہمسہٕ نٕہ پروٚٹ دم وُڈٕناوِتھ، سوٗرٕے سیرِ ازٕ باوِتھ گوم
گگنس گھسِتھ آکاش ہاوِتھ
پاتالہٕ لوٗن داتناوِتھ گوم

پاپن پرٹٕناں گوم کرٕناوِتھ، سوٗرٕے سیرِ ازٕ باوِتھ گوم
پاپن تہٕ لوٗہ نٕشن وٕژن دِتھ دِیاوِتھ
نوٗرٕن شنگ لال کڈٕناوِتھ گوم

شۆوِ سِنر شٹشکہٕ ستی چھلناوِتھ، سوٗرٕے سیرِ ازٕ باوِتھ گوم

بھوانہٕ بھاگیہٕ وانہٕ ییہ دیٖت ہٲوِتھ
گوٚ وینشہٕ گوٚ کَسرِ نٲوِتھ گوم
سَت گوٚ رگوٚ موٚ دِل کھوٚلہٕ نٲوِتھ، سوٚرُوے سیراز بٲوِتھ گوم



## 13- دیُت کُکلے کُکلہٕ دَم

دیُت کُکلے کُکلہٕ دَم تہٕ لولو
گوٚ رِ کاسُم دوٚ نی سَرخَم تہٕ لولو

گوٚڈٕ بوزُم لولک ناڈِ ے میٚون
اَدِ وُچھے گوٚ رِ پرِسادِ ے چون
بوزِ نا وَتہٕ کُس اَدم تہٕ لولو، گوٚ رِ کاسُم دوٚ نی سَرخَم تہٕ لولو
اَدِ بوزِ تو سوٚہم ناڈِ ے میٚون
لولہٕ لوٚ ڈرے پمپوشہٕ پادِ ے چون
سَرخمہٕ کُے چھُم مےٚ غم تہٕ لولو، گوٚ رِ کاسُم دوٚ نی سَرخَم تہٕ لولو
بٲلی بٲلی پھیرِس بالہٕ بھاوَس
یُتھنہٕ خٲلی روزِ ے دَیہٕ ناوَس
خاصہٕ موٚختس تٲری زیٚم تَرَم تہٕ لولو، گوٚ رِ کاسُم دوٚ نی سَرخَم تہٕ لولو
لوٚ کہٕ چارِس گُنڈٕ وِ ے زارِ س مےٚ
ستہٕ گنیٚنڈٕ مے تَس غمخارِ س مےٚ
غمخارَن ہیوٚ تَنَم تہٕ غم تہٕ لولو، گوٚ رِ کاسُم دوٚ نی سَرخَم تہٕ لولو

وارٕ وارٕ گوٚ ضایہٕ لوٚ کہٕ چار میٚون
سور دٕراوٕے ہٕے یہٕ غمخار میٚون
غمٕ کھیاٚ دِتھ ژھیپھ دِژ نَم تہٕ لولو، گوٗرٕ کاسُم وٗنہ فٕی سرٕ خم تہٕ لولو

لوٚکہٕ چارٕس پھیرٕس مَنٛدرن مَنٛتر
ستی ولیٚن داسٕن تہٕ سوٚنٛدرن مَنٛتر
شیامہٕ سوٚنٛدرن ہیوٚت میٚون غم تہٕ لولو، گوٗرٕ کاسُم وٗنہ فٕی سرٕ خم تہٕ لولو

شیامہٕ سوٚنٛدرن زانٕس کوٗرٕے بوٚ
وادٕ چونٕے ازٕ ہیٚ کرٕ لوٗرٕے بوٚ
اَنہٕ گنٛڈہٕ ہیے تھوٚنتھ شم تہٕ لولو، گوٗرٕ کاسُم وٗنہ نی سرٕ خم تہٕ لولو

گرٕ مَنٛترٕے آسٕس دوٗرٕ بازار +
موٚلہٕ ناوان آسٕس کُنٛدن کار
سَت گوٗرٕنٕے نارٕ گٕڈلٕنس تہٕ لولو، گوٗرٕ کاسُم وٗنہ فی سرٕ خم تہٕ لولو

نقشہٕ نگار کرٕی لنٕس زیوٗرٕ ہیے
یژھ موٗرت آسان خاوٗرٕ ہیے
سَت گوٗرٕے ہمبرٕ چھیُم تہٕ لولو، گوٗرٕ کاسُم وٗنہ نی سرٕ خم تہٕ لولو

دٕیت گُکلوٗ گوٗوِنٛدٕ نادٕے چون
گوٗوِنٛدٕے دِل کرٕ شادٕے میٚون
ہا دِ اوم اوم دٕیاوِ ہیٚے تم تہٕ لولو، گوٗرٕ کاسُم وٗنہ فی سرٕ خم تہٕ لولو

روٗٹ بھاگیہٕ وانہٕ گوٗوِنٛدٕ دامانٕے
سَت گوٗرٕنٕے اوسٕس بہانٕے
لَلہٕ ہینٛدی باٗٹھو دیہٕ وم تہٕ لولو، گوٗرٕ کاسُم وٗنہ فی سرٕ خم تہٕ لولو

# 14- سَت گوِ رسوزُم سَتہ کُے

سَت گوِ رسوزُم سَتہ کُے پیالے
شیرینی شُری خیالے بوز

لولہ ستی دِ ژَم بروٗنٹھ کنہِ ڈالے
روزِ بھاگیہ واٗنی گوشوٗ بوز
زٔرنیچہ سیٹھ کھٔرمے پانے پیالے، شیرینی شُری خیالے بوز
وُچھ گوِ رچالے کِشرھ گوِ ڈالے
کرالے سندی پاٹھی تلیے سوز
خوش ڈول کھٔرنے میوٗنے پیالے، شیرینی شُری خیالے بوز
لولہ ستی کھٔرنے میوٗنے پیالے
لولہ اَتھِ دآرِتھ بروٗنٹھ کنہِ روزِ
لولہ موکھہ چیتہِ مے رَٹھ نالے، شیرینی شُری خیالے بوز
لولہ ستی کھٔرمے چوٗنے پیالے
لولہ کیوٗ گوشوٗ وارِے بوز
زامُت دوٗدتے اوٗمے پیالے، شیرینی شُری خیالے بوز
وارِ وارِ رٔٹِ زَم ناٗلی نالے
لولہ موکھ دآرِتھ وارِ وارِ روزِ
لیٛت تانی ژھانڈس یَیہِ نچ چالے، شیرینی شُری خیالے بوز
اَمہِ لولہ پیالیچ ژٔیتے چھے مالے
کرالے سِندی پاٹھی تلمے سوز
نقش کٔرمس کرِ شیشہِ چالے، شیرینی شُری خیالے بوز

ژٔٹنٕس اوٗ تمٕس شیُون کیشِے +

وارٕ وارٕ نارٕسٕ نیشی ووت

لولہٕ نارٕن پوٗے کانٛہہ کانٛہہ خالے، شیٖرینی شرٛی خیالے بوز

چونےٗ نارٕ بے زورٕ واوٕ رٕسے

چونےٗ پیٛالے پیٛیہٕ نے آو +

رٕنگہٕ کنہٕ کرٕمس زرٕچی چالے، شیٖرینی شرٛی خیالے بوز

مُستی یہٕ کھیشرٕ لُس مسہٕ کُے پیٛالے

منٛزٕ چھُ پانے مُستی ووٗل

مُستی ستی دیہٕ نٔنژنچہ ڈالے، شیٖرینی شرٛی خیالے بوز

مسہٕ کُے پیٛالہٕ چھُ ترٛاوِے ترٛاوِے

سوٗ ہم سوٗ سُئے چھیاوِے آو

ہیم تُتھ مس چیٛن ہم متوالے، شیٖرینی شرٛی خیالے بوز

اَمہٕ مسہٕ ستی گیہٕ متوالہٕ کیٛتی

ہیم اَتھ مسہٕ سے ستی رٔودی

تُتھ مس دُتھمے کانٛسہٕ کانٛسہٕ خالے، شیٖرینی شرٛی خیالے بوز

تُتھ مس چھُ چیوان تُتھ لولہٕ وولے

گووِند کولے مولے میٛون

لولہٕ ستی رٔوٗتھمے نالی نالے، شیٖرینی شرٛی خیالے بوز

تُتھ مس اوسُے گوڈٕ سید ماکس

لل دیدِ تھوٗو تتھ الس منٛز

الہٕ منٛز رٔوٗتھم نالی نالے، شیٖرینی شرٛی خیالے بوز

بھاگیہ وان دیان تی بہ تہٕ ہاوے
گووِنٛد کولِنہٕ ناوے سِتی
لولہٕ مَس چیتھ دِیہ لولچہٕ ڈالے، شیٖرینٛی شُری خیالے لوز



## 15- پَر اُپکآرِینٛ پَرمہ گوٚرنٕے

پَرمہ اُپکآرِینٛ تہٕ پَرمہ گوٚرنٕے
تمیٚ حبس ہمیشہ سُرنیٚ مٕتے

ژھانٛڈِتھ کتہٕ اوّن شِوشنکرنٕے
زَن ہے آس نارچ رٔیہہ
لولہٕ پیالہٕ دُشتنےٚ پَرمہ گوٚرنٕے، تمیٚ حبس ہُشیرنٕے مٕتے
ہُشیر تمیٚ دُشتنےٚ کُلُ دفترنٕے
دِوہٕ نیم شُشکل سےچنٕے
گوڈٕ سال کَر ہاشِرہ سَت گوٚرنٕے، تمیٚ حبس ہُشیرنٕے مٕتے
گرٛژھنیٚ کھوٚژن شیرِ نیرنٕے
بیٚلہٕ آسہ شوٚر سَس رٔیہہ
لولہٕ تیر سوٚرناشہ ستیر گرنٕے، تمیٚ حبس ہُشیرنٕے مٕتے
تار لوٚگ سٔتہ رٕنی سمندرنٕے
پانہٕ منٛزہ وچھ مٕتے نارِ رٔیہہ
دوہ شِرٕنی تار دِٕیت پرمہ گوٚرنٕے، تمیٚ حبس ہُشیرنٕے مٕتے

ترٲنۍ تَم یَم زِندٕ مرِنے
پیٛنۍ تُے مازٕ پانٕے کھٔنے

نوٗرَس نارَس چھہ شانکھ ماترٕنے ، تَمۍ حِبس پھیٛرُنے مے
کاتیاہ زٕایہ سَت گوٚہ رٕ گرٕنے
کاٚنسے مَنٛز چھِنے شوٗرٕچ رٕنیہ

زورٕ شوٗرَس چھی کاتیاہ ڈٕرنے ، تَمۍ حِبس پھیٛرُنے مے
زٕنماد زَنمَن ہُرٕ ہَرٕ کسرٕنے
گوٚہ رٕنے بَرٕتَل بیٛنہ

اَنتھَس وٲتی وٲتی توٚترٕ کھیٛنہِ گرٕنے ، تَمۍ حِبس پھیٛرُنے مے
سَت گوٚہ رسا مِیس گٔییہ نیٛرِنے
دِرٕنَم لولچ رٕ تٔیہ

اَمرِتھ زوتِمے گوٚہ رِ سندی ترٕنے ، تَمۍ حِبس پھیٛرُنے مے
عاشقَس لشہ چھِم ماشوٗق ڈٕرنے
یِرتھ چھہ لولہ نارٕچ رٕنیہ

تھٔو رٕنیہ سینہ دوٗرٕ شَر بھاسکرٕنے ، تَمۍ حِبس پھیٛرُنے مے
لولہ کیٛن لِشَن مالہِ رٕوٕرٕ کیٚرُنے
اوٚمہ سَتٕچ تارٕ رٕنی بیٛنہ

خمہ سَتی سَر زوٗر شیتہ شنکرٕتے ، تَمۍ حِبس پھیٛرُنے مے
ہیسَر سِشَند ذَرٕ سَتی گَرِہ آو بَرٕتے
شکتی یہ شکتی چھِنے

سَتشَکالِہ بھکتن چھُہ شکتی پات کَرٕنے ، تَمۍ حِبس پھیٛرُنے مے

اوما اومہٕ سے مالہٕ یم کرٕنے

سَنز کوٚنہٕ تمہٕ سٕنے تی

گُل اَنار گَژھہِ گُل جافَرٕنے، تمۍ حبس چھیٚرٕنے مے

شوٗلیوٗزا یہ کتھہِ پوٚشن یم ژارٕنے

شوٗسے لَشہٕ تم چھی

لوٚنہٕ ستی پوٚنی تم دوہ دِلشہٕ ژارٕنے، تمۍ حبس چھیٚرٕنے مے

گووِندگوٗ یم شاہس کھارٕنے

مُدہٕ ہوٚس مارٕنے چھی

دارِ برٕ ترٛوہ پرِتھ نوٚن دارٕنے، تمۍ حبس چھیٚرٕنے مے

سینہٕ یم دارٕنۍ شوٗر شاہمارٕنے

ستی اومکارٕنے چھی

بیٚن تم وایہٕ نۍ سوٗ ہم تارٕنے، تمۍ حبس چھیٚرٕنے مے

لَل دٕیدِ کَل کرٕ ڈَل شکارٕنے

گوٚرسے دوٚینۍ کھٔنۍ

ہَردِ کھوٚلی دَرد لوٚپش سوٗنتہٕ سبزارٕنے، تمۍ حبس چھیٚرٕنے مے

گالِنس تہٕ گیلِنس چھ کاتیاہ ڈرٕنے

گالِتھ چھ موٚران تنہہ

گالِتھ چھُ میلان لَلہِ ہُندٕ دٔرٕنے، تمۍ حبس چھیٚرٕنے مے

نالہٕ یم رَٹہٕ نۍ کالہٕ بوٚمبرٕنے

یئنبرزوہ لے چھنۍ

مالہٕ تم کرٕنۍ لال جوٚہرٕنے، تمۍ حبس چھیٚرٕنے مے

لل اَسس ؤرہتھ شوٗشنکرنے
شکتی یا نے چھِپے
ہَنٛد شیر گوڑنے شیر بَرنے ، تمی حبس پھیٚرنے متّے
پھاگیہ دانہٕ مۆنگمت للہٕ ہٕنٛد ورنے
گوٗرنے مَنہٕ منٛتر چھپے
لوٗزس گوٗرنے تہٕ پرما گوٗرنے ، تمی حبس پھیٚرنے متّے



## 16 - ستگوٗرنہٕ آمرت

ستگوٗرنہٕ آمرت کنہٕ لوٗزنہٕ اَستے اَستے
بہٕ لولہٕ پوشن مالہٕ کرٕ سے کنہٕ لپو شہ دستے
مَن چھُم گومت متّے غمہٕ سے منٛتر زرن لستے
پنٛجر میٚونے پھٹراونا پہ ننے دستے
پرواز کرٕ ہا ہنٛنی پیر منگی مس تے
دیاناہ دشتن میٚون ہَکت کمہٕ کور ختے
کھٹری آو کاسان شہری گاہتی اَتھی منٛتر لستے
زٹکھ یہ زالے نالہٕ زٹکھ اَستے اَستے
دنہٕ تہٕ دولت سہ تہٕ گومت اسوریے ختے
دیہٕ دتہٕ لبہٕ یار گرٹھہ تمن دشمنس تے
بہٕ گرٕ منٛتر بے کرٕ تجویز زرگرس تے
بہٕ زرٕ زریتی گر زرٕ تے

شۄہ ہنۄ بھکت غمہٕ کےٚ زال از ژٕٹہٕمس تےٚ
چھُم سینہٕ پیٚٹھ منٛز سوٚمُک ہیٚن باجہٕ تس تےٚ
تائرو کنےٚ کیشوٗن کیش گوٚنڈمس تےٚ
ستِتھ اومکار رٕے وارِ وارٕے حار دِژِمس تےٚ
چھُنہٕ مےٚ حاےَن بالہٕ کرٛشنٕنہٕ رۄہ تہٕ گنجہٕمس تےٚ
سوٚہم لیٚےٚ وارِ وارٕے وایان چھُس تےٚ
کن دار ست گورٕ شبدٕ ستِ ژران گوم لبتےٚ
سِٹھ اکھنڈس کنہٕ تہٕ کیوٗل ژاران چھُس تےٚ
گووِنٛدنادُس اُتھہٕ دٲرِتھ بھاگیہٕ وان چھُس تےٚ
چیمہٕ لولہٕ پیالاہ گلدستس حیس پھیرمس تےٚ



## 17- میانہٕ ست گورٕ

میانہٕ ست گورٕ خوشی صورٕ تےٚ
ژرٕیےٚ پیٚتےٚ پیٚتےٚ یمےٚ

مَن شیوٗ تھم سۄرِ گچھہٕ حوٗرےٚ ، پانہٕ رۄدُکھ دورٕ دورٕے
بالہٕ کرٛشنٕنہٕ ہشہٕ چھےٚ کُھے ، ژرٕیےٚ پیٚتےٚ پیٚتےٚ یمےٚ
راز ہنٛس لنٛجس زالےٚ ، ششِ ژنٛجس گوم دٕخالےٚ
بالہٕ کرٛشنٕنہٕ ہیشہٕ چھےٚ مالےٚ ، ژرٕیےٚ پیٚتےٚ پیٚتےٚ یمےٚ
چھُم تماہ کرٕے سالےٚ ، چھُم نہٕ پتاہ میم کیاہ دالےٚ
بالہٕ کرٛشنٕنہٕ ہشوٗ چھےٚ خالےٚ ، ژرٕیےٚ پیٚتےٚ پیٚتےٚ یمےٚ

چھُم تماہ بۄزن رتے، سوداموٗن دِتھتھم دِنے
بالہٕ کرٛشنن ہیٛوٚ چھُے مَنے، ژٔرِیے پِتے پِتے سِمے
چھُم تماہ کھیمے ژھیٛوٚٹے، ژھیٛٹہٕ چالنے ژٕ دٔلم گوٚٹے
بالہٕ کرٛشنن ہیٛوٚ چھُے ہٕٹے، ژٔرِیے پِتے پِتے سِمے
ژھیٛٹہٕ چانے ژٕجم بوٚ چھُے، چھُم تماہ روزٕرے کوٚ چھُے
لوٚلہٕ ہِکتس نِشے ہٕنچھے، ژٔرِیے پِتے پِتے سِمے
ژھیٛٹہٕ چانے روزٕرس شادِ ے، ژھیٛٹہٕ وٕزرے ہتم یادِ ے
بالہٕ کرٛشنن ہوٚرِ چھُے نادِ ے، ژٔرِیے پِتے پِتے سِمے
ژھیٛٹہٕ چانے ہیٛوم گشانے، تتہٕ ژھیٛٹس وٕنٛدرے پرانے
بالہٕ کرٛشنن ہیٛوٚ چیوٚن دِیانے، ژٔرِیے پِتے پِتے سِمے
چھُم تماہ روزٕرے نِشے، کرٕمہٕ لآلس ژٕ ونتھم لیٛشے
بالہٕ کرٛشنن ہوٚرِ چھُے کیٚشے، ژٔرِیے پِتے پِتے سِمے
موکھہٕ موٚکھے ژٔرِیے کٔن دُچھے، جُبدایے نِشے ہٕنچھے
بالہٕ کرٛشننہٕ ہِشہٕ چھُے موٚ چھے، ژٔرِیے پِتے پِتے سِمے
چھُم تماہ ہاوتم مٕیوٚرے، اۄدست گورِ گیٚتے گیوٚرے
بالہٕ کرٛشننہٕ ہِشہٕ چھُے گاوٕرے، ژٔرِیے پِتے پِتے سِمے
کٔلہٕ ہٕنٛدرے وٕرمے گرِ چھی، لیُس ژٔرِیے نِش واتِھن پٕیترِچھی
بالہٕ کرٛشننہٕ ہوٚرِ چھُے وٕچھی، ژٔرِیے پِتے پِتے سِمے
چھُم تماہ وُچھُے وٕتے، بیٛلہٕ لوٚزرے چانے کیٚتھے
بالہٕ کرٛشننہٕ ہوٚرِ چھی اتھے، ژٔرِیے پِتے پِتے سِمے
وار وۄدنم پرٛیمک زالے، وارٕ ہاوُم ازٕ شُنگالے
بالہٕ کرٛشننہٕ ہِشہٕ چھُے چانے، ژٔرِیے پِتے پِتے سِمے

لولہٕ ستی کرتم کتھے ، دکہٕ دِہم پھیرے نہٕ پتھے
بالہٕ کرٕشننہٕ ہیشہٕ چھےٚ تھپتھے ، ژٕ یے یتے پتے سیمے

میانہٕ ست گوٚرٕ آنندٕ قندے ، تتھ رٕ ولیس بہٕ سورُے ونْدے
بالہٕ کرٕشننی ہوی چھی خنْدے ، ژٕ یے یتے پتے سیمے

میون ست گوٚر آنندٕ قندے ، ییٚ آج میون لوےٚ تہٕ بندے
بالہٕ کرٕشننی ہوی چھیس ژٕندے ، ژٕ یے یتے پتے سیمے

چھُم تماہ راتو دیٚشے ، گوٚرٕ سکھجن چیاٚنی وٚنے
بالہٕ کرٕشنُن ہشُو چھےٚ کھنے ، ژٕ یے یتے پتے سیمے

موکھ مو لیُس ژٕ یے کُنٕ چھی ، رکھمن تہٕ رادھا سیتہٕ چھےٚ
بالہٕ کرٕشننہٕ ہیشہٕ چھےٚ اچھی ، ژٕ یے یتے پتے سیمے

چھُم تماہ کرٕ یکھ لوٚرے ، لولہٕ داوٕن ترٕ آوم دوٚرٕ
بالہٕ کرٕشننی ہوی چھی کھوٚرٕ ، ژٕ یے یتے پتے سیمے

چھُم تماہ لولاہ برٕ ے ، اٚدٕ وُچھن شرٕ بھاسکرے
بالہٕ کرٕشنُن ہشُوہ چھےٚ سرٕ ے ، ژٕ یے یتے پتے سیمے

موکھ میٚ ہاوُم دمے دمے ، منتر گٕژھےٚ م وچھتہٕ شیمے
بالہٕ کرٕشننہٕ ہیشہٕ چھےٚ سُمے ، ژٕ یے یتے پتے سیمے

ناد چھون چھُم گووِندٕ روٗپے ، منتر گٕژھےٚ پرٕ زلان دیپے ❖
بھاگیہٕ وانے سورُے مُفتنے ، ژٕ یے یتے پتے سیمے ❖



# 18 ۔ سُے چھُے ایشوٗر سُے

سُے چھُے ایشوٗر سُے اَمر ایشور، سُے چھُے سَرت گوٗ رمِتھوٗ نییے
تَس کُنۍ وُچھِتھ مَن روٗدُم کھبر، سُے دِل تہٕ دلبَر میثوٗ نییے
ذٕرٕ ذٕرٕ وُچھمے سُے ذٕرٕ بھاسکرٕ، سُے سوٗنٛدٕر تُشُند لوٗ سنییے
تَس کُنۍ وُچھِتھ مے زوٗل کالُن ڈٕرٕ، سُے چھُے سَت گوٗ رمِتھوٗ نییے
توٗشُن توٗشُن پوٗشُن اَمبَرٕ، پوٗزا یہ چھُس نوٗ وتہٕ پھرُونییے
گرٛدٕس کھسِتھ پوٗزُم ڈُمبرٕ، سُے چھُے سَت گوٗ رمِتھوٗن ییے
کُلکُل اُٹھِتھ بنیوٗم قمرٕ، بوٗلبِن تہٕ اُرتھ زوٗن ییے
واوٕس اپوٗر تیٖرُس ثمرٕ، سُے چھُے سَت گوٗ رمِتھوٗن ییے
واوٕس مَنٛزٕ پیٚے ہرم مے پرٕ، چھاتھ تہٕ کیاہ چھوٗنا ییے
گوٗ ہشہٕ وُنٛدے آشثرٕ اَچھرٕ، سُے چھُے سَت گوٗ رمِتھوٗن ییے
زرٕسا زوٗر اورٕ ہوٗم زرگرٕ، نارٕس نوٗ ژک گرٛزوٗن ییے
تمی شہنشاہ شُنِن شنکرٕ، سُے چھُے سَت گوٗ رمِتھوٗن ییے
دُچھِ دِلشہٕ تیاگے گسُ دِلستانٕ ثرٕ، لوٗب اوسُم مے روٗزِتھ لوٗن ییے
سوٗلِن گیہٕ لوٗن کُنۍ مَن گوٗ مُنوٗرٕ، سُے چھُے سَت گوٗ رمِتھوٗن ییے
یِمسٕ زینِتھ مے مَنٛزٕ سٕ وَرٕ، کشپ ریشیس تہٕ کوٗن ییے
گاگرِ مَنٛزٕ پیٚے ہتھ آم ساگرٕ، سُے چھُے سَت گوٗ رمِتھوٗن ییے
ہم ہمتاں سُے یُس چھُ کشوٗرٕ، تَس چھُے نِشتانٕ میثوٗن ییے
بُمَن مَنٛزٕ چھُس زمَن خنجرٕ، سُے چھُے سَت گوٗ رمِتھوٗن ییے
آکاش پاتال اُنۍ تُم خبرٕ، سُے شیٖر یٖر میثوٗن ییے
اَندرٕ اُٹھِتھ تیٖر [illegible] زنبرٕ، سُے چھُے سَت گوٗ رمِتھوٗن ییے

سِیاہ قلم سِیاہ دفتر، سِیاہ ستی لیکھہ ژون ییے
سِیاہ چشمو کرِتھ منؠ نظر، سُے چھےٚ ست گوٗرُمیٚون ییے
پوٗرب پچھِم دکھِن اُتر، ہیوٗت للہٕ تی للہٕ ژون ییے
آلبس آبکی چھی جاناور، سُے چھےٚ ست گوٗرُمیٚون ییے
وتن وچھِم کمھن شکدر، اُکھن ہیتھ تازہ ژون ییے
سامانہٕ ہیتھ چھِم رامنی لشکر، سُے چھےٚ ست گوٗرُمیٚون ییے
خبر منؠ ساآرے اندر نبر، غزلن غزلہٕ لون ییے
نٹس منثر چھِم نشان نشور، سُے چھےٚ ست گوٗرُمیٚون ییے
چھےٚ بھاگیہ وانےٚ زنگم تھاور، لیس منثر پاور ژون ییے
تھوٗ گیتھ چھ بھوٗگی کم پوٗگیشور، سُے چھےٚ ست گوٗرُمیٚون ییے

یدِ تم چاہتے ہو کہ تمھارا جیون پوتر اور نرمل رہے تو درشٹی کو، ہردے کو اور مستشک کو پھیلا کر پرکرتی کو اپنا کام اپنے آپ کرنے دو۔ ہستا کھیپ نہ کرو اور ہردے روپی کھیت میں ایشور کے بیج بو دو جس سے کہ وہ سمے پر اپنے پھل پھول اتپن کرے ۔

# 19- گوٗرِ دےٚ کرٕہم یارِ ییے

گوٗرِ دےٚ منؠ کرٕہم یارِ ییے، گوٗرِ پادن لگےٚ یارِ یارِ ییے
نام مییانی گامہٕ شہارِ ییے، گوٗرِ پادن لگےٚ یارِ یارِ ییے
گوٗرِ دےٚ آداہن گوٗرُم، سو کھہٕ سان راتھ دین گوٗرُم
مالس کرِ فی شمارِ ییے، گوٗرِ پادن لگےٚ یارِ یارِ ییے

تٔشنٕ کرُن چھیُم دٕرشنٕے ، دُکھیَن دوامیِون دٕرشنٕے
سُکھیَن سوٚ کھچ نادآرِ ییے ، گوٚرٕ پادن لگٕے پآرِ پآرِ ییے
گوٚرٕ پوٚ دیتٕ ہآم دٕفترٕ ، آگرٕ آمُت افرٕ
رٕمہ رٕمہ چھُد تٕمہ چآرِ چآرِ ییے ، گوٚرٕ پادن لگٕے پآرِ پآرِ ییے
موٗڈ چھِس موٗرکھ وون زانہٕ پیاہ ، اِلہ کرُن ایلان کیشاہ
گرٕلِس ہُرُن ہٕشیآرِ ییے ، گوٚرٕ پادن لگٕے پآرِ پآرِ ییے
گوٚڈ چھیُم دُچھُن نادانہٕ نے ، دُکھیَن ہٕتدِن رٕتھ باہٕ نے
دُشوارِکی دٕریآرِ ییے ، گوٚرٕ پادن لگٕے پآرِ پآرِ ییے
دُکھ واتناون زیرٕ کٔس ، حاتمِ طیہ کے ہیرٕ کٔس
لیَس چھِس حقیچ ہٕموآرِ ییے ، گوٚرٕ پادن لگٕے پآرِ پآرِ ییے
کھیِرُن منٕے ژٕوا پورٕ چھیُم ، بٔترآٹھ والیُن پورٕ چھیُم
گفٕرس تہٕ کیٖبس کآرِ ییے ، گوٚرٕ پادن لگٕے پآرِ پآرِ ییے
دٕنہٕ سوٗرٕے دِل کھوٗلی تھے ، اُلفس تہٕ واوِس میلہٕ تھے
بازٕن کرٕنی ہٕمیآرِ ییے ، گوٚرٕ پادن لگٕے پآرِ پآرِ ییے
سَت گوٚرٕ ناوٕ ڈکہٕ منٕے ، نٔوٕ سالہٕ دِتیٖہم سِکہ منٕے
شیٖرٕ بیٖرٕ سوآرِ ییے ، گوٚرٕ پادن لگٕے پآرِ پآرِ ییے
سَت گوٚرٕ ناوُک منٕے سان چھیُم ، تٕمہٕ کٕنِ ناوبھاگیہ وآن چھیُم
مشوٗشکتی منٕرِ متآرِ ییے
گوٚرٕ پادن لگٕے پآرِ پآرِ ییے



# 20- کیٛاہ لولہٕ کٔرِتھم پار

کیٛاہ لولہٕ کٔرِتھم پارٕ
کُس جاناوارِ سے ژٕرے

پیٛنہٕ نین مشتر نہٕ ژٕریٖے جارے ، پیٛرِدِن ہُنٛد خاک پارے
چھُکھ ٹٔنٛتھ برخوردار ، کُس جاناوارِ سے ژٕرے

پیٛنہٕ نین لٔشہ زٔنٛ شین ، پیٛرِدِن ہنٛد خوردبین
دۄرِ روٗزِتھ ژٕریٖے دُجارِ ے ، کُس جاناوارِ سے ژٕرے

پیٛنہٕ نین کارٕ مارِی مارِی ، پیٛرِدِن بٔنٛد تٔرٕ دٲرِی
خشتہٕ اکہِ روٗدُم خارٕ ، کُس جاناوارِ سے ژٕرے

پیٛنہٕ نین روٗدُکھ دوٗر ، پیٛرِدِن ہیوٗہ وُچھٕ لسوٗر
تۆ لیوٗرمے صوٗرٕ سیاٛرٕ ، کُس جاناوارِ سے ژٕرے

مےٚ زارِ دُنی بالہٕ یارس ، تۆ گوس ژنٛگ غارس
ژنٛگہِ کیٛاہ گلُ انارٕ ، کُس جاناوارِ سے ژٕرے

پیٛرِدِن ستی رلُن ، پالُن خاکے ملُن
چھےٚ چھلُن نرکہٕ نارٕ ، کُس جاناوارِ سے ژٕرے

پالُن پان بارے ، گُرڈُس سوارے
ہنسن ستی رفتار ، کُس جاناوارِ سے ژٕرے

ژُمن ہیشِدی بھوگ ، بھوگِتھ میوٗلُم لوگ
کوٗرمس سوٗدِ بایار ، کُس جاناوارِ سے ژٕرے

گوہ روٗے دُیت ہام گیان ، تۆ چھم عیتی مے زان
ہنہٕ ہادستہ بردار ، کُس جاناوارِ سے ژٕرے

کیتۍ بھوگ بھوگنۍ چھم، گوڑوے دِتہٕ ہم تَسم
تَتھ چھیٚم واد قرار، کُس جانا وارے ژٕرے

تمہٕ کِنۍ روزُن ہیوم، زٕ تَس اوسُم بوٚم
بالہٕ باو کرکھیلہٕ تار، کُس جانا وارے ژٕرے

چھیٚم بَنُن نۄ جوانے، تۄ ناو بھاگیہٕ واسے
گُرمیٚون ہرِ دربار، کُس جانا وارے ژٕرے

گرِ گرِ بہر سے سیتی، زر زرِ گُر سے سیتی
ذرہ ذرہ گُڈنس نار، کُس جانا وارے ژٕرے

کُکلہِ منے گۄوِشہٕ لول، ہَنس ہیٚو رمیٚون اول
دیالہٕ سنٛدِ یخیتیارہٕ
کُس جانا وارے ژٕرے



کرم کروگے تو پھل ملے گا
کرم کا مؤلیہ پانا منشیہ کے
اپنے بس کی بات نہیں ہے۔
اِس پر بھی کوئی کرم نشپھل
نہیں ہوتا ہے۔





# 21- اَلوٗ خبَراہ لوٗلکہٕ

اَلوٗ خبَراہ لوٗلکہٕ واوَے لو

کَن دارِے دِل پھوٗلہٕ ناو میوٗنے

سَت گوٗہرسے گوٗڈٕ وَن ناو میوٗنے

اَدٕ وَنتَس لوٗلچہٕ گرٛاوَے لو، اَلوٗ خبَراہ لوٗلکہٕ واوَے لو

گوٗڈٕ وَنتَس لوٗل آس بارٕ چوٗنے

اَدٕ وَنتَس بیَیہٕ دُبارٕ میوٗنے

رٛوٗنمُت اُن انہٕ ہیم چھاوَے لو، اَلوٗ خبَراہ لوٗلکہٕ واوَے لو

اَدٕ دَھیتَس اَزادِ دوٗرَے کَن

لوٗرٕ لوٗرَے واتناوِ سارٕنے اَن

اَدٕ لیکھکھ بیٖشوٗن ناوَے لو، اَلوٗ خبَراہ لوٗلکہٕ واوَے لو

لوٗلہٕ سِتی خستہٕ گوٗیان میوٗنے

لوٗلہٕ سِتی پھوٗلہٕ مَن ژران میوٗنے

لوٗلہٕ سِتی لوٗٹھ لاگ ناوَے لو، اَلوٗ خبَراہ لوٗلکہٕ واوَے لو

لوٗلہٕ سِتی شاد روزٕ ہنہٕ مَنے

لوٗلہٕ سِتی مِلہٕ ناوِ تَن تَنے

لوٗلہٕ سِتی مَن آنہٕ ناوَے لو، اَلوٗ خبَراہ لوٗلکہٕ واوَے لو

لوٗلہٕ سِتی کاس گنڈٕ کار میوٗنے

لوٗلہٕ سِتی پھوٗلہٕ گُلزار میوٗنے

لوٗلہٕ امر ہتھ اُن دٕری یاوَے لو، اَلوٗ خبَراہ لوٗلکہٕ واوَے لو

لولہِ گُلہِ نے لولُک ئگ دِم مےٚ
لولہِ دالش لولُک گگ دِم مےٚ
لولہِ اَن کھیتھ لولہِ ژھیوٚٹ کھیاوِے لو ، اَلوٚ خبراہ لولکہِ واوِے لو
لولہِ بانَن لولُک اَن دِم مےٚ ❋ ❋
لولہِ ئیندرَس لولُک پَن دِم مےٚ
لولہِ لوپنیرِی کرِ لوِ واوَے لو ، اَلوٚ خبراہ لولکہِ واوَے لو
لولہِ موختس لولہِ کےٚ ترَم دِم مےٚ
لولہِ ترمہِ سے پَن سوٚہم دِم مےٚ
لولہِ سوٚہم اومکار ناوَے لو ، اَلوٚ خبراہ لولکہِ واوَے لو
لولہِ لوپمبر تہِ لولہِ کےٚ ٹھَر دِم مےٚ
لولہِ یَپہِ ہیے لولُک زرَ دِم مےٚ
لولہِ زرَ چھےٚ گووِنٛدِ ناوِے لو، اَلوٚ خبراہ لولکہِ واوِے لو
لولہِ لوپمبر وَلہِ ہےٚ لولہِ نَکھہِ نےٚ
لولہِ خطہِ خال وُچھہِ بآے لولہِ ڈُکھہِ نےٚ
لولہِ لوپمبر لولہِ تتنہِ چھاوَے لو، اَلوٚ خبراہ لولکہِ واوَے لو
لولہِ چشمو وُچھہِ ہی لولہِ بھاگیہِ وان
لولہِ روٚپس وَنٛدِ بآے لولُک تران
لولہِ ستی دِم سَت سو باوَے لو، اَلوٚ خبراہ لولکہِ واوَے لو
لولہِ ژھیوٚٹ ژھانڈان چھےٚ بھاگیہِ وآنے
گووِنٛدُ نےٚ روٚٹ نےٚ داما نےٚ
گُل دِستو کرِ ئی زیس واوَے لو، اَلوٚ خبراہ لولکہِ واوَے لو

# 22- لولَن دُیتنَم نٕہٕ

لولَن دیُتنَم نٕہٕ دانہٕ قرارٕے
لولہٕ وایہٕ لولہٕ سیتارٕے بو

لولہٕ وَنہٕ وولسُ لولہٕ دِودارٕے
تنخہ گرٕ لولہٕ سیتارٕے بو
لولہٕ چھان آمٕت چھ لولہٕ خُمارٕے، لولہٕ وایہٕ لولہٕ سیتارٕے بو

لولہٕ سیتی کٔرِی لَس نقش نِگارٕے
بیّیہٕ تارٕ گنجہٕ لَس وارٕ موٚہہ موٚہہ
سوٗ ہم سوٗ سیتی دیُتنکھ چارٕے، لولہٕ وایہٕ لولہٕ سیتارٕے بو

لولہٕ تارٕ گنجہٕ لَس تارو تارٕے
لولہٕ بھجَنَن کرِ لولہٕ ہو ہو
لولہٕ ست گوٗر دارٕ لولہٕ گوشوارٕے، لولہٕ وایہٕ لولہٕ سیتارٕے بو

لولہٕ نے کوٚرنَم پارٕے پارٕے
لولہٕ سیتی روزٕ خُمخارٕے لو
لولہٕ سیتی وُ چھسے ژٕشٕلہ رَمہ تارٕے، لولہٕ وایہٕ لولہٕ سیتارٕے بو

لولہٕ سیتی کوٚسنَم کُل گنڈہٕ کارٕے
لولہٕ سیتارٕ خاوارٕے چھوٗ
اوم اوم بولہٕ ناوِ سیتی اومکارٕے، لولہٕ وایہٕ لولہٕ سیتارٕے بو

لولہٕ اومکارُک ڈوٚن مٔنے اَسرارٕے
لولہٕ سیتی لولہٕ بہارٕے آم
لولہٕ سیتی کوٚرمَے لولہٕ پاپارٕے، لولہٕ وایہٕ لولہٕ سیتارٕے بو

توشہٕ نا آیہٕ اَنوارَ متیشو — نیٚندرِ گَسترِ ہوٚ بیدار

تَس دٕیکھ مارِ کُلمارَ متیشو — ماٗرہِ ییمی نارہٕ پھکار

شیتَل شاہ ووہٕ نی کھارَ متیشو — نیٚندرِ گَرٹھ ہوٚ بیدار

رادھایہٕ چھوٗرے بہارَ متیشو — رکھمن چھُپے پوختہ کار

مالہٕ مَنزٕ لال جوہارَ متیشو — نیٚندرِ گَرٹھ ہوٚ بیدار

بھاگیہٕ وانِنٛ دربارِ متیشو — آسن لولہٕ شہار

تھِتھی دٕیکھُ سیرسرکارِ متیشو
نیٚندرِ گَرٹھ ہوٚ بیدار



## 116 — بھوانہٕ کرٕ مٕترِ اُمیدوٲری

بھوانہٕ کرٕ مٕترِ اُمیدوٲری — بھوانہٕ مُترٕ رم تاٲری ییے

زوتہٕ ونہٕ کتھہٕ ہیٚچھہٕ ملوٹہٕ گفتاری — بھوانہٕ مُترٕ رم تاٲری ییے

ہیٚرِ لوٚ نہٕ ہو وٕنم چراغانے — شوٗ ترٕ وانے میوٗلُم مےٚ

یاداش وٕچھمس یاداوٲری — بھوانہٕ مُترٕ رم تاٲری ییے

ستگوٗرٕ دیوٗن وٕنتس پانے — سیتی جانانے دٕیتُنے مے

کھیٚرِس کرٕ مے شیرِ سٕوٲری — بھوانہٕ مُترٕ رم تاٲری ییے

تُلتھہٕ پردُس گیٚنڈِ مے ترٕدُس — سوٗ نتمس تہٕ مردِس خورِ دِکلان

گگنس کرٕ مے اگہٕ سٕوٲری — بھوانہٕ مُترٕ رم تاٲری ییے

نہ وُچھِم گگنس نہ وُچھم اُگنس    تتھ رنگنس وُچھمے ترٛن دٕلتس
شستکلہ منٛڈنس اتہٕ چارہٕ چارہی    بھوانہٕ مُتٕرِم تارِ یے
بھاگاہ کوٗرتِم یاگرٕن دیتتِم    وعداہ ہیوٗ تتِم وُحدتہ کے
سُنتن تہٕ سادن ہشنر منٛز ذمہ واری    بھوانہٕ مُتٕرِم تارِی یے
کیٚنہہ سُنت وُچھمے ژٕلہ روٗس ناوے    کیٚنہہ چھیے توٗندرٕ نہ تاوے مُنتر
توٚ چھیم دِلہٕ سے بےقرٲری،    بھوانہٕ مُتٕرِم تارِی یے
اَستہٕ وانہٕ تار دیٚت منٛز سَتہٕ چیہ ناو، کُنہٕ کُنہٕ تاوے ژھیتہ گوناہ
پٔریمکی پرٕ وُچھیم پردٕ پکارِی،    بھوانہٕ مُتٕرِم تارِی یے
توٚ دٕر منٛز پٔریمس دست برداری،    گو ہٕلے یتھ ہیٚترِم خارِی یے

ہرستہٕ آیہ بھاگیہ وان شہسوارِی
بھوانہٕ مُتٕرِم تارِی یے



## 117 — گژھایہ لچھم آیہ بَرن

گژھایہ لچھم آیہ بَرن، دٕرایہ ہندوستانی یے
جام چھیم رام بَرن، نام روزن میانی یے

روٗ ژھوٗرِے پیٚرٕ ہَرن، شہ لوٗبُم پانی یے
کرٕشنہٕ وٕرنے وٕیتن لوٗبُم، لشہٕ تہٕ زانہہ پٔرہ وانی یے
یمٕ زینتھ ترِم ژوٗلُم، خمرٕ کوٗرُم گوٚڈٕ ھیانی یے

سوٚ نہٕ ہشدُرے خارٕ اوسُم وارٕ کھٔرِس ہأنی ییے
کمتر کیُے تأمیر گری ژیا ہیٚنٛدٕ ژھانٛڈِ ے چھأنی ییے
نٔو تٔر یے لَقلا کشاہ بنوٗکھ، پرٚون پرأتأنی ییے
زرٕ زلیٖر ستی تلم کینٛتی چھم قربأنی ییے
شیٖر زِنیتھ شیٖر گٔیس ہیٖر آسم کانہٕ ییے
زیٖھ کرِتھ نہٕ یہ مال تچھُم نأکی زیٖھنی نار آنہٕ ییے
چاہ کھٔنِتھ کمی دُعا لوٚلے پان ڈیشُن پأنییے
چھوٚٹ ڈٔنِتھ لوٚٹھ کوٚرُم ژریہ ژرٕ ستأنییے
درد باغس ہی متےٚ پھوٚلیم تی متےٚ وٚونم لأمنییے
زوٗ بہٕ ییے شوٗ بہٕ ییے اوم چھُپےٚ میأ تی وأنییے
اوم ژیٖھ اومکار کھوٚتُم توٚ متےٚ نہٕ ہینم وأنییے
اُتھ مکے آشہٕ وانہٕ ژھیٖم چھُپےٚ نہٕ ژاہنہٕ ڈلوأنییے
داوِ سے منتر نادٕ ژھم نادٕ چھم بھاگیہ وأنییے
داوِ سے آہار کوٚرُم سارٕ وُچھم فأنییے
شیوٕ سُند شمار گوٚنٛڈم نار چھس ہار آنییے
گُکلہٕ ہشدی ہوی ہیری ترأوِم جوری گوٚو شند سأنییے
آیہٕ نے منتر جاے ژٕتن ہیٚچھن قورانُ خأنییے
ٹلہٕ کُن ادٕ دولہٕ وُچھنے لولہٕ مجنوٗن خأنییے



# 118 — چھ صُبحُک واوُ کرِتھ

چھُ صُبحُک واوُ کرِتھ یارا وآمُت
مِہنے ہِہنے سو نے آمہ تاوزامُت

اَندرُ اُٹھتھ سو نندر جامے چھُ یاران
نیبرُ نیرن ریٹھہ بندرُ چھُ شیران
چھو نے لۆستۆر روہ نین ٹھہُراوُ خانک مِہنے ہِہنے سو نے آمہ تاوزامُت

چھ لبن کُن درد باغس پۆشہ چمن
دُچھان ہیۆرکُن لگس ناماٹز نمن
دُچھنی کھوپری اچھن منز بہاو آمُت مِہنے ہِہنے سو نے آمہ تاوزامُت

نرس نرس سر س بیٹھ نرر مِہنے شوبان
ماہ تابان چمکتھ میہور مِہنے شوبان
اَتھن مِہنے وید گھتن چھم داوُ آمُت، ہِہنے مِہنے سو نے آمہ تاوزامُت

قندیلس منز رنے لۆدتھ ہونی لڑے
گلہ وُتریے شریے اُتھر رُوٹے
ستن وتن ٹمک ناناو آمُت، مِہنے ہِہنے سو نے آمہ تاوزامُت

کھوپا کانہہ گیگاہس منز ہونی چھے
کھوتس پاچھا کتھار وزنیہ ورتھے
شا دلہ چھکھ گتس ہتھ گاو آمُت، مِہنے ہِہنے سو نے آمہ تاوزامُت

مِہنے وۆنمے ٹاٹھ میانے پایہ سیٹھہ
بہ آسن آب گندلس تار سے ریٹھہ

قُلالبسِ بیٹھ کھُسِتھ حیلاو آمُت، ہَنے ہَنے سونے آمہٕ تاوٗژامُت

دِریا کاٹھہٕ پوشہ باغس نار ہیٚنگے

تہٕ ڈیشِتھ نار ہچی مٔے زٕٹہٕ یہ ؤگے

گنٛڈِتھ گُلی لہٕوزجھ ناوِن بھاو آمُت، ہَنے ہَنے سونے آمہٕ تاوٗژامُت

مٔے کُجہٕ مٔے دانہٕ مُنٛتری ہامہٕ ہَشیٖر نمے

ژٕ آسِتھ ویر کوڈ مے سیر نوٗنے

بُنِتھ بُلبُل ژٕنے مُنٛتر ٹُبلاو آمُت، ہَنے ہَنے سونے آمہٕ تاوٗژامُت

حبر چھیے کیتھہٕ کیتھس جھکھ سے حبر

مٔے جھکھ ناٹُوٹھ تُوے چھُم زیر تہٕ زیر

حبر تور چی مٔے تُشہٕ ہِتھ کاو آمُت، ہَنے ہَنے سونے آمہٕ تاوٗژامُت

مٔے گومُت وعدٕ سورُے لوٗر لوٗر

لائیٹ ترٛاوِم وزٕن چھُم سنٛفوٗرے

اُتھو دوہن کشوٗرہٕ نی ہِتھ کھرٛاو آمُت، ہَنے ہَنے سونے آمہٕ تاوٗژامُت

ژٕنے سوا پادٕ نے دوہن لگہٕ کیٚنژھ یہ

گنٛڈِتھ ساماںہٕ روزٕن راتھ تہٕ دوہہ

ڈالر فانا چھُ دوہن ہُشہٕ ناو آمُت، ہَنے ہَنے سونے آمہٕ تاوٗژامُت

خُشکی ساماںہٕ ییرم ژٕنگہٕ باپت

رٕنگینہ بوڈ لیٖو کھم ژٕنگہٕ باپت

سنٛگین مُنٛتر چھُ میتُوٗلے تاو آمُت، ہَنے ہَنے سونے آمہٕ تاوٗژامُت

مٔے تُشہٕ ماچھِ اُستکے اکھ نشانے ہے

ٹمیٛک جامے ژٕنے سوٗمُت پانٕی پانے

ژٕ چِھٹھِتھ چھُے ناکی ژٕنے تکے کھرٛاو آمُت، ہَنے ہَنے سونے آمہٕ تاوٗژامُت

گُدُن چھےٗ ستیلہ گنٛدو آکاش ہالے

گنٛدتھ بالے ژُلن چُھکھ نالہ نالے

گلن چھس پیٹھے پنُن سوٗ بھاو آمُت، ہنے ہنے سوٗنے آمہٕ تاو ژامُت

سمت کیتھو رُتھ اجودھیایہ اندر

چھ رامن راج ہاوے تیٚتھی واندر

قسم رامن اندر تِلاو آمُت، ہنے ہنے سوٗنے آمہٕ تاو ژامُت

سوٗنے ہُند پتھ وچھُن ووٗنی زانہہ تیٚتھو چھےٗ

منے تھوکن منے چھم لس رامنی دِرے

بسنت پیٚتھ بسنتہٕ کاو آمُت، ہنے ہنے سوٗنے آمہٕ تاو ژامُت

وَتن پیٹھ رٚیشی تہٕ منی منے پراران ہ

منس منتر رٚٹھمنی ہُند دھیان داران

گامہٕ ٹر کرشنس چھ سے آو آو آمُت، ہنے ہنے سوٗنے آمہٕ تاو ژامُت

اَتھ کتھ ہیتھ چھ آمتی لوپشہ مالے

برو شادی رہتھنی اسہٕ تالی نالے

سوٗ ندر منے منس مِلاو آمُت، ہنے ہنے سوٗنے آمہٕ تاو ژامُت

گرژھو اجودھیایہ روز مندران

ژولُم ووٗنی شاہد چھ ژاپُن ناگرن

منے چھم دھنیہٕ بھاگیہ وانی ناو آمُت، ہنے ہنے سوٗنے آمہٕ تاو ژامُت

---

**[illegible]**

اگنی کے پاس بیٹھنے سے گرمی، جل کے پاس سردی، دیپک سے پرکاش، پھولوں سے سوگندی سوئیم بنا کسی محنت کے حاصل ہوتی ہے اور ہر وستو اپنے چاروں اور اپنے پربھاو کا کیندر بناتی ہے ۔ اسی پرکار سنتوں اور فقیروں میں آدھیاتمکتا کا پراکرتک نیم ہے۔ جو منشیہ انکے ست سنگ کا لابھ اُٹھاتا ہے وہ لوبھی اُن پربھاؤں سے بنا کسی محنت کے لابھ اُٹھاتا ہے ۔

## 119 — چھُم ہاوُس لاٗجنس داوُس

چھُم ہاوُس لاٗجنس داوُس، اوس کاوُس تہٕ ہمسس مِثُل
سوٗن سیٖر گٔیہ سیٖر کتھہٕ بھاوُس، ترٛھیٖنہ کاوُس گوٗ بُلبُل
گچھہِ کھٹُنے منٛتر وتھہٕ راوُس، گوٗرہ واوِک چھُم سلسِل
گوڈٕ بہرٕ سے زرٕ پاٗ راوُس، اوس کاوُس تہٕ ہمسس مِثُل
پادٕ کملن چشمہٕ وتھراوُس، کوٗل گومُت اوس بُلبُل
سرٕ بھوٗد چھُم کتھہٕ نیمہٕ راوُس، اوس کاوُس تہٕ ہمسس مِثُل
گیٚیانہٕ گاوُن دوٗ دچاد ناوُس، دھیانہٕ حسد ایہ تنہٕ بسوٗ مُتُل
مہہٕ راوُن اد یاد پاد دُس، اوس کاوُس تہٕ ہمسس مِثُل
گوہاری گیت ییلہٕ گاوُس، مہاری موتی پھوٗلے
چھپسنہٕ رادھا ناومنٛد چھاوُس، اوس کاوُس تہٕ ہمسس مِثُل
ناگرٕ پن بنہٕ کرناوُس، آگرٕ چھُم پھوٗلمُت گُل
سندساگر بُنٛد ادٕ ہاوُس، اوس کاوُس تہٕ ہمسس مِثُل
منہٕ پرٕ کھمن کھونہٕ للہٕ ناوُس، وَنہٕ کیا چھس پنہٕ نی بُل
حانہٕ اندرٕ رے دانہٕ ماتراوُس، اوس کاوُس تہٕ ہمسس مِثُل
گیتایہ منٛدٕ ہیتھہٕ کرناوُس، سیتایہ بینیہٕ کاغذس میل
پیتامبرٕ منٛتر تِلاوُس، اوس کاوُس تہٕ ہمسس مِثُل
تیٚلہ اوسُم منٛترٕ چکہٕ چاوُس، ییلہٕ دِلہٕ سے اوسُس شل
تیٚرا اچھہٕ گوس سیٖر دبرٕ ھناوُس، اوس کاوُس تہٕ ہمسس مِثُل

بیٚن زوٚنم کھیٚن چیٚن ترٛاوس، دِنہ راتس ناوس پان ہو
پٔتن لوٚرن ڈٔرمےٚ ماوس، اوس کاوس تہٕ ہمسس میٖل

دلیشہٕ تیاگگ اوسم نہٕ ہاوس، کیشہٕ ہیترن پانس ہیوم
کیشن ہہ ستی کیش گنڈٕ ناوس، اوس کاوس تہٕ ہمسس میٖل

گوڈٕ ترٛالیس توٚندرِ تاوس، اُدٕ چھاوس سوہم سو ہو
برٛج باسی کھاسی گرِتاوس، اوس کاوس تہٕ ہمسس میٖل

روٗح تھوٗوس رامیشورٕ پیےٚ، دہی دلیشا تر سےٚ مشر
قابہٕ قبضہٕ چھیم قبلہٕ کیس ناوس، اوس کاوس تہٕ ہمسس میٖل

دوٚن دلیشک آمت آلو، سوٚن شالو داسی تھوٗ
وُچھ اچانک اجگرٕ لاوس، اوس کاوس تہٕ ہمسس میٖل

سوٚ نہٕ دادے دِتی مےٚ بارو، تی ترٛنڈرٕمہٕ تارو لبوٚز
راتہٕ کرٛزِل کیاہ وُزِناوِ کاوس، اوس کاوس تہٕ ہمسس میٖل

لل وآرِ ستی مِس پیٚٹراوس، حل کوٚرنےٚ سم زعفران ہو
کل کرٕنےٚ اُلفس تہٕ واوس، اوس کاوس تہٕ ہمسس میٖل

یتھ منصوٗر اوس سیٹھ دارس، ترٕتھ لل آس نارس مشر
زیادٕ کیاہ ونہٕ آدمی کھاوس، اوس کاوس تہٕ ہمسس میٖل

ستھ زینتھ رتھ گوم بانے، چیوٗ لال مرجانے تی ہو
سامہٕ مجنوٗن پاسہٕ بُلاوس، اوس کاوس تہٕ ہمسس میٖل

باگہٕ بھاگیہٕ وان آیہٕ مجنوٗنس، جیت جلالی جونس مشر
کتہٕ وُچھمےٚ ست سو بھاوس، اوس کاوس تہٕ ہمسس میٖل



# 120 — پیٖرن ہاوٕنم تیٖرندازی

پیٖرن ہاوٕنم تیٖرندازی، دَے گوم راضی بُھے گوم دوٗر

زوتِنا زیبا توٚہ ماڑِ ماڑی، دَے گوم راضی بُھے گوم دوٗر

گوڈنِیک لِتشاتہٕ لووم موشنٕ، توشان چھس چھکھنہٕ پوشنٕ پاے

رِنٛد لوٚب فِنٛدِ اکہٕ گیٖتِ تہٕ نخازی، دَے گوم راضی بُھے گوم دوٗر

دوٚیُم ترووُم آکاشہٕ منٛڈلس، اَنمول گنٛڈلس رٹہٕ مے جاے

اولے اَنہٕ مے عمرِ درازی، دَے گوم راضی بُھے گوم دوٗر

کایاکلیس زونٛتھ تہٕ چار رٕسے، دٕ آیہ دُیارے کرٕ نووٕ مُکھ

یارن کٔرنم چار سازی، دَے گوم راضی بُھے گوم دوٗر

ترٛیُگیُن ترشوٗل ستیٖ چھیُم پانس، سوشیٖل تھانس شکتی تہٕ شو

شازن شکتی تہٕ بازن بازی، دَے گوم راضی بُھے گوم دوٗر

ژوٗرِم پھیٖرُن چھیُم ژوالو رٕسے، شے زورہٕ شورُسے لوٗزُم مے

کیٛنہہٕ گوشہٕ لوزا یہ کینہہ مُفتی تہٕ قاضی، دَے گوم راضی بُھے گوم دوٗر

پانٛژوے پانٛڈو ژھانڈان آیس، پنٛج پیترِ گنٛڈِم سایس تل

پاس پاس روٗدِم تاس نوازی، دَے گوم راضی بُھے گوم دوٗر

شٔشکل چھیٖیہ مے شتہٕ ونی طرفن، حاتم حرفن لیکھنہٕ آو لہ

توشہٕ نا روشہٕ مےتہٕ پوشہٕ فیاضی، دَے گوم راضی بُھے گوم دوٗر

سَت رٕنگ دِتی مے سَتہٕ ونی جامن، سَتھہ ہے منہٕ کامن آہسم مے

رٕنگی میٖتی مے اولے وُونے آزی، دَے گوم راضی بُھے گوم دوٗر

اَتھٕ گٔرۍ متۍ مئے پوشن گونڈی، نوُن اُنڈی ڈرالیس یو

ڈہہ ونی دوٚگنڈار گیہ کاسی کاسی، دے گوم راَمنی بۓ گوم دوٗر

کماہتاوی ہاوِم کاہوے کوٚہنے، وٕچھیے زوٚنہے آفتابے

پوٗر پوٗر گیہ مئے پوٗرن ماسی، دے گوم راَمنی بۓ گوم دوٗر

بوز بھاگیہ وانی دوہن آشانی، نوِنوٗجوانی سوہ سوربہ زاتھہ

نتہ ہیتھے پیتھہ کالہ کاہتیاہ آسی، دے گوم راَمنی بۓ گوم دوٗر



## 121 — ستھ تاج دِتم

ستھ تاج دِتم ستگوٚرن، گرِگرگوٚہنے گرتھ شرن

میٚھراجکی منسٹرن، گرِگرِگوٚہنے گرتھ شرن

گوٚہرے لاچس داوِسے، گوٚہرے گوٚرہم ہاوِسے

اَدِ شُوِرگیم اَنتہ کرن، گرِگرِگوٚہنے گرتھ شرن

سرحم کرِتھ تل پادنے، روزن سنتن تہ سادہنے

دِن دھنیہ دھنیہ لوِکیایہ پرن، گرِگرِگوٚہنے گرتھ شرن

نیندرا یہ دکہ ہیمارنے، ہیٚیہ کتہ کنہ ہشیارنے

بوز کُنہ کُنہ ژُٹی ہاتس ژرن، گرِگرِگوٚہنے گرتھ شرن

چھے نندرا تژیہ بھاوسے ، ڈوکھییہ لبنت کاوسے
کُنہ وِنہ واجن نہ بَرن ، گرگرِ گوپنے گترھ شرن

غم تژیہ نے ہندا وس منے ، تژیہ نے یہ سنکٹ کوس منے
پرُسن اژن چھنہ پرکرن ، گرگرِ گوپتے گترھ شرن

سے ہیتول آلیس گالہ نے ، کشتی تہ مدنتہ والہ نے
شاکھوَ نگن شیرے ترن ، گرگرِ گوپنے گترھ شرن

رکھمنہ انتر دھیانہ سے ، داژے پنہ لس تھانہ سے
باسان کھوشیامہ سو ندرن ، گرگرِ گوپنے گترھ شرن

چھے شوشکھتی دوستہ منے ، مو قول اَمول پوست منے
دچھے پنہ یتھ زنماشترن ، گرگرِ گوپنے گترھ شرن

چھے شکھتی ہندے تھان منے ، تَوکنہ ناو کھاگیہ وان منے
مو ختار تھو لنس شنکرن ، گرگرِ گوپنے گترھ شرن



# 122 — یارن کرنم آرفتاری

یارن کرنم آرفتاری
دِنی وَن ہاری طوطہ گُفتار

کِنترن پتہ پتہ دُدی لشہ ناری ، وَنی وَن ہاری طوطہ گُفتار
گگرہ ڈگہ ڈہاو نم زوراو آری

کاٹراہ خارٕ تلہٕ ناوٗتس

ہار بیٹھ تختس کارمارہٕ ماری، وٗنی وَن ہاری طوطہٕ گفتار

گوڈٕ گوڈٕ ہوٕ وٕنم تلمک نوکھے

نیوٕ مس تہٕ وُچھیے دوکھے بانز

دیرَن تہٕ تیپرلاے میرتسکاری، وَنی وَن ہاری طوطہٕ گفتار

گوڈٕ گوڈٕ ہوٕنم کوٕسہٕ چھم واسی

اَدٕ وَنہٕ وُم آسی کوٗرمے مےٚ

خامَن وُچھیے نہٕ ناماوآری، وَنی وَن ہاری طوطہٕ گفتار

گوڈٕ گوڈٕ ہوٕ وٕنم عاقل پانے

یتھ نادانے وُچھیے نہٕ سکانہٕ

روزٕ سس سالیس آلیس انہٕ واری، وٗنی وَن ہاری طوطہٕ گفتار

سدا سدا شوٗنہٕ جاییے

سےٚ اوٕ پاییے کوٗرمے مےٚ

سَت ہیلہٕ سَتہٕ ہیے تہٕ چھم باری، وَنی وَن ہاری طوطہٕ گفتار

لبہٕ وٗن پرٕ ہیپت کہِ مے جاییے

باغہٕ بھوٗمیکاییے ناگریٚن

بشٕد کرٕ انٕد وٕند بشٕد برٕ داری، وٗنی وَن ہاری طوطہٕ گفتار

باگہٕ آیہٕ بھاگیہٕ وانہٕ بختاواری ھ

وٕقتس روزہٕ پرآری پرآری ہیے

بالہٕ ماٗلیوٗلس قلمٕ کاری، وَنی وَن ہاری طوطہٕ گفتار



# 123 — نوٚسالہ میوٚلُم

نوٚسالہ میوٚلُم وٚطنٕے ، نوٚ نوٚرٕ تیٚنٕے اَتھٕ نٕے
موٚختس ژھیپہٕ دٕژ فوٚطنٕے ، نوٚ نوٚرٕ تیٚنٕے اَتھٕ نٕے

سوٚنہ واچہٕ مارٕن شولہ منٛز ، دُنیا وُچھن دولہ منٛز
کَن تھوٚوِتہٕ ڈاین کتھٕ نٕے ، نوٚ نوٚرٕ تیٚنٕے اَتھٕ نٕے
جَنٛگ کوٚر منٛز دلیس سیتی ، یٔیس آسہم کیتی
ییٚلہٕ بوزٕن تیٚلہ مَتہ نٕے ، نوٚ نوٚرٕ تیٚنٕے اَتھٕ نٕے
یھوٚما سوٚرٕنے کورے ، اَما ژھُنم کرٕ یِرے
پھَل گوکھ میلِتھ دِتہ نٕے ، نوٚ نوٚرٕ تیٚنٕے اَتھٕ نٕے
راہ رادھایے سَر خَمے ، چاہ ییٚشس اَنَن آہمے
شاہہ دیُت منٛز شکھتی ناکھتِے ، نوٚ نوٚرٕ تیٚنٕے اَتھٕ نٕے
کرٕشنس گوٚ ڈنٛجیہِ دآ نییے ، وعدہ کوٚر ییٚتہ رآ نییے
وَتھ ہاوٕ ژرے وَتہ گیتہ نٕے ، نوٚ نوٚرٕ تیٚنٕے اَتھٕ نٕے
سُے وَعدٕ آیس یالہ نٕے ، راکھس بیٚول گالنٕے
کوٚریی پیٚرزا ییتہ نٕے ، نوٚ نوٚرٕ تیٚنٕے اَتھٕ نٕے
قُمسٕ منٛتھ آیہِ سَے ، اَمرٕ تیٚرتھس ژآیہِ سَے
دَیا منٛز کرٕ نَم داتہ نٕے ، نوٚ نوٚرٕ تیٚنٕے اَتھٕ نٕے
ژٕج گَگٕہ پھوٚلمُت کاشِتے ، سِرِنیٚ تیٚرو پٕھ کاشِے

چھُہ لۄگیٖن مَنٛز یِتھنے ، ۔ نۄ نۄ رُتھنے اَتھہٕ نے
ستنگو رنے ییٚن سالہٕ سے ، آو اہن لۄکہٕ پالہٕ سے
مرمت کرِن وَتہٕ نے ، نۄنۄ رُتھنے اَتھہٕ نے
نیٚدراز وۄتھمت نیٚنٛدرے ، ورشُن کۄرُن سوٚنٛدرے
منموہن پیٹھہٕ رٕتھنے ، نۄ نۄ رُتھنے اَتھہٕ نے
ورشُن گوٚ ہَنہٕ ہنے ، کرِ شنس تہٕ بیٚیہِ رکھنے
اَنٛ میٚنۄ اننت اَناتھنے ، نۄ نۄ رُتھنے اَتھہٕ نے
رٕتھ بان دُچھم خاورے ، یۄر زِتھ کرٕیم کُس باورے
راس تہٕ سوٚہ دیٚت سیتہٕ نے ، نۄ نۄ رُتھنے اَتھہٕ نے
ست بھاگیہٕ وانے نالہٕ چھُپے ، دِلس تہٕ سۄے دمبالہٕ چھُپے

اَسِ رٕو اَپٕنہِ ہتھ ستھاتھنے
نۄ نۄ رُتھنے اَتھہٕ نے



## 124 — گورو کوٚرہم سروٚ منٛگل

گورو کوٚرہم سروٚ منٛگل ، وَطن تھوٚوہم لَتن دوٚن تَل
یمے مُشکل تِمے گیہِ حَل ، وَطن تھوٚوہم لَتن دوٚن تَل
گوٚرے دُچھپے مِنّے تالے وَر ، یمو بوٚرم زرد زیٚور
بلہٕ ویٚرن تے دُشتھم بَل ، وَطن تھوٚوہم لَتن دوٚن تَل

دلیس رۆدُم مئے دُمبالے ، دۆگنُ دیُتھم مئے دُشالے
سۆخن بوزِتھ نکھن دون ول ، وطن تھووہم لتن دون تل

گوہرے مادر گوہرے فادر ، مئے دِتہم ہمسِنے ہٹہ پر
اَمن آکاشے مَنڈل ، وطن تھووہم لتن دون تل

گورو دیُتھم صُبحکہ وقتے ، شُمانگ شَم پنُن تختے
حدن شَبن بولہہ ونی ستھہ زل ، وطن تھووہم لتن دون تل

گوزن پتھ کرمئے قوربانی ، تمی ناو بھاگیہ وآنی چھم
سہ پیٹھہ لیکھتھ مَکٹس تل
وطن تھووہم لتن دون تل



## 125 — وردیُت مئے گورو

وردیُت مئے گورو ہر دواپے دادبن تے
سمندرو تار دُیتم سیتی سنتن تے

دِیے چھم گواہ لیس نہ آسی دون ملہ ون تے
تمی سُند چھ ردا روزِ راتنیہ تل پادن تے

رامن سیتا بیلہ تراوے ڈنڈک ون تے
رامن لیکھیہ تیلہ آدُت رامابن تے

ساسن اَندر آسن دور تیٚلہ کرِشنن تے

پوشید کٔتھن رۄشہ آسِس لٕچھمن تے

پالِس پیٚیے آلِس دِنہٕ سارٕنی ژھین تے

سَدا شیوٕن تھوٚو یِہ سَدا منموہن تے

توشن ہیوٚتن پوشہٕ نۆلن پشر بھاتن تے

ژۆل رۄشہ مَتین روشن کرنامہ سمرن تے

گٔژھنہٕ گرژھن زِند پاتے ہمشہ دراین تے

آگر وانے سیتی سۆگمہ ناگرٕین تے

شوٚس سیتی شولہٕ مارِم شمشانن تے ✤ ✤

تتی دُچھم کُس مےٚ اوسے دوست دشمن تے

سرتَل چھےٚ گرژھن سو نہٕ دادے آیتہ سون تے

سُے یِتھول گالِتھ کوٚر مےٚ دلِس آواہن تے

شیوٕن کوٚرُم شکتی پاتے دۄن ویدن تے

شکتی دِیُتم بکھتی ہُندے ور آدن تے

دُچھ بھاگیہ وانے کرِیہ دیا دیالن تے

سُے سوٚد ہیوٚتم لوٚد کرِتھ منالٕوٚدن تے



## 126 — مےٚ گیشانہٕ رٕو

مےٚ گیشانہٕ رٕو اُدٕے گوم، سُہ دٕے گوم دیلییے

ثُو بانو نِشانہٕ پیٚیوم، سُہ دٕے گوم دیاییے

جنٛگی جامہٕ پیٚیرِتھ کیتی، شُنگی ستی تلُی مےٚ

اَچھے وَرِ مےٚ بچھے جیٚیوم، سُہ دٕے گوم دیاییے

دیالہٕ سُنٛد پوزُن پیٚیوم، سوزُن پیٚیوم مہاوِیر

تیرِتھ بے حدِ گوم، سُہ دٕے گوم دیاییے

کوٗرُن لاٗنگہٕ سمٲع، یکِ دَماہ زوٗل شمعٕ زُن

دُچھُم نیکہٕ بدٕے گوم، سُہ دٕے گوم دیاییے

اَگر کانٛہہ ژھارہٕ ہیس چارٕ، سُہ کٔتہٕ وارٕ روزی ژانٛہہ

ہیمَس جان ییمس کام، سُہ دٕے گوم دیاییے

شِنیے شِنی ژٕو یارِ گوس، یِیہ آری لوزہٕ ترانہٕ

بلیٚوم دِل دٕو دِمتا اوم، سُہ دٕے گوم دیاییے

ژٕیے سِتھ گتھ کرُنی چھا، چھیےٚ ما دِہتھ شونگتھ ژانٛہہ

دوقین تہٕ گوٚہ کیٚہہ خودا پیٚیوم، سُہ دٕے گوم دیاییے

ستگوٗرُو واکہٕ ستت سِلہٕ سِلہٕ، کٔہم قلہٕ میٚوٗلے مےٚ

سَنٛگ گوم دِل نہٕ زنٛگ گوم شوم، سُہ دٕے گوم دیاییے

زِندَے پانہٕ گِندَے نا، زُوتےٚ جان وَندَے نا

اَندَے وَندِ ژیندَے نوم، سُہ دٕے گوم دیاییے

چھے بھاگیہ وان باغس منٛز، آدتہ لَل ترٛاگس منٛز

سَدا آب مَدرے چھیوٚم، سہ دَرے گوم دیا یے



## 127 — ہی منوہر!

ہی منوہر ستیہ گرہ پرور — گرہ ہیندرابنہ منٛے

یادہ پھیمی ناد مَنوہر — گرہ ہیندرابنہ منٛے

گوڈ پیٹھ ژھمس کیا کیا کَر — سیتا رسو رہِ بَن منٛے

ژوٚل مَرمَر روٗدی امر — گرہ ہیندرابنہ منٛے

کیشن منٛز بیٚ کشور، — دھنیہ دھنیہ دھنیہ دھن منٛے

منٛز آگر کرو منٛے گرگر، — گرہ ہیندرابنہ منٛے

دوٚن منٛے آگمس منٛز ماگس، — آدِ ادھور دھن منٛے

ستی ستیہ وان سایے ہیر، — گرہ ہیندرابنہ منٛے

آغس خوٚشی الیکادشی، — تنہا روزِ تن منٛے

دٔہہ دشہ ہار لبہ بھاسکرہ، — گرہ ہیندرابنہ منٛے

ساز وایان ساز ندر، — رازن دوٗرکن منٛے

میٖر پکھچن ترچھہ زرزر، — گرہ ہیندرابنہ منٛے

سوٚن گیہ لون ولیشکہ ور، — دلیشہ تیتہ کرژھینہ منٛے

نوکھ میٹھ لٔم شوخ شوہر، — گرہ ہیندرابنہ منٛے

آسن مے دور چانہ آسہر، شاژن دیٖنۍ ور سے مے
میل مۄتی دِل دِلاوٕر، گٕر ہبٕندر ابنہٕ سے مے
یِنٕ چھُے خاصن گُل داسَن، بآژی دِنہٕ کھوشی سے مے
پآرِن چھِم پایہٕ تاثیر، گٕر ہبٕندر ابنہٕ سے مے
اَز خانے پرٕوانے، میثولُم آگمہٕ سے مے
جانانس جان دفتر، گٕر ہبٕندر ابنہٕ سے مے
نَہ بہٕ اُلفس نہٕ بہٕ واوس، نہٕ چھُو گن تہٕ آگنوٕ مے
نَہ بہٕ کعبس نہٕ بہٕ کافر، گٕر ہبٕندر ابنہٕ سے مے
رات دِن چھیوم خونہٕ جگر، کھیتہٕ سپے ماژھین سے مے
ویر منٛز چھیوم شیر مادر، گٕر ہبٕندر ابنہٕ سے مے
ستی ستی چھِم زر زیور، کتیتہٕ گیانی گن مے
کُنہٕ کُنہٕ ڈٕرو ونہٕ تھر تھر، گٕر ہبٕندر ابنہٕ سے مے
ہنہٕ ہنہٕ اوٚن دنہٕ رکھمہٕ، تنہٕ میچم تن مے
مُنز رٕیم تنہٕ وہٕ ذی ماڈر، گٕر ہبٕندر ابنہٕ سے مے
لوٗ دیبٕندرانہٕ برابر، تن من دیٖت دھن مے

تو بھاگیہ وان انتہ اوپر
گٕر ہبٕندر ابنہٕ مے



## 128 — سُے منوہر سُے شنکر

سُے منوہر سُے شنکر، سُے ستگورہ ستی چھُم
بازہ باہم منے برابر، سُے ستگورہ ستی چھُم

پھٹمُت اوس میثون زیور، خاصہ زرگرس ستی چھُم
کاف تا کاف کرِ کرِ کرِ، سُے ستگورہ ستی چھُم

زوٗنہ گوٗرنم چوٗنہ جرِتھ، کُنہ اٙندرٕ تہ اٙنٛرلیس
کُنہ سینس ستی سپر، سُے ستگورہ ستی چھُم

کُنہ مہنس کُنہ موختس، کُنہ وقتس پرزاروٗن
کُنہ سینس ستی سپر، سُے ستگورہ ستی چھُم

محافظتک موٗلہ مایا، ژھوٗنجہ ژھایا کاسنم
ژھر کنتھ چھینہ سرِ بازر، سُے ستگورہ ستی چھُم

کُنہ عاشق کُنہ معشوق، کُنہ تا شوق توحفہ میثون
کُنہ رکتھ راہ ہنڈر، سُے ستگورہ ستی چھُم

کُنہ دُنیتنم ویدپُران، کُنہ قرآن خان سُے
یا سہ وان کُنہ خاص دفتر، سُے ستگورہ ستی چھُم

کُنہ وُچھم لولہ تُبرِتھ، کُنہ وُچھن ذولہ چھُم
کُنہ روا رو رہبر، سُے ستگورہ ستی چھُم

کُنہ وُچھم زوراور، کُنہ رو پوشن اٙندر
کُنہ روٗدم نیشوٗ مرِتھ ہر، سُے ستگورہ ستی چھُم
وُوٗ نت چھُم بار میار، چھُم تہ رٕلنس اووٗنی

کیتھن کرِ زیر زبر ، سُے ست گو رستی چھُم
کُنہ وُچھم چر سہ ٹنگی ، کُنہ ٹنگی حیامہ مثون
رٹنگہِ روشن ٹنگ مرمرُ ، سُے ست گو رستی چھُم
آیہ وآنی سوہ بے بھوآنی ، بھاگیہ وآنی ستی گوڑن
نوُر چشمِ نامآور ، سُے ست گو رستی چھُم



## 129 — ژھانڈان جانانہ تےَ

ژھانڈان جانانہ تےَ ، دِل گوم دیوانہ تےَ
بولکہ افسانہ تےَ ، دِل گوم دیوانہ تےَ
گوہ روے دیتہم ہا وِتھ ، نِشانہ دِیُت ہا م یاوِتھ
لیکھتھ چھُ آدمی رتےَ ، دِل گوم دیوانہ تےَ
بائے گران وُچھم میی ، مےٗ کٔیت حاتم طبیبی
دوہ ہیم پیالا حبیبےَ ، دِل گوم دیوانہ تےَ
گوہ ڈ گوہ ڈ دِیُتمس دگے ، یوہ تام آیم پکھے
وہ نی چھُم لاران پتےَ ، دِل گوم دیوانہ تےَ
مُشتاق اوسم کمن ، زُلفن تہ مائنز نسمن
نارِ مےٗ برمس وتےَ ، دِل گوم دیوانہ تےَ
مُدا کرِمس جُدا ، سیمن اوسم فِدا
میلن نہ قیامتےَ ، دِل گوم دیوانہ تےَ

وۄلمُت چھُ کمہٕ مایہ ، وُچھِتھس ہر کُنہٕ جایہ
نَے بَرتن تہٕ نَے بتےٚ ، دِل گوم دیوانہٕ تےٚ

کیشوٗ ژٕٹھ نیتھ وُم ، پانس نِشہٕ تھووُم
جبروت جبر پلہٕ تےٚ ، دِل گوم دیوانہٕ تےٚ

پانس چیتھن چھُم زٕنۍ ، دون پادن ہُند ملے
اَلفہٕ کہٕ میمہٕ کہٕ خطےٚ ، دِل گوم دیوانہٕ تےٚ

لیس گور میٚنہٕ ہر بانے ، لسن نادہ پیو بھاگیہٕ وانے
دھر مکہٕ دورانہٕ تےٚ
دِل گوم دیوانہٕ تےٚ



## 130 — گورو داج دیتم

گورو داج دیتم تاج ، روا راج کرُن چھُم
شاہ چھُم سیتی ماہ مِعراج ، روا راج کرُن چھُم

گوڈنی دوکھہٕ دِرُدم سونہٕ ، تہٕ مایہٕ سعو بیہ زاہنہٕ
تَل پاتال تس تاحراج ، روا راج کرُن چھُم

کھولتھ دِل سورُے ونہٕ ، میلتھ سونہٕ سکرہم شیون
ہمکھہ دُرِ دوگُن باج ، روا راج کرُن چھُم

کیاہ کور سونہٕ شمسترایہ ، کوشایہ دون لالن
یوٗسف قادخضر خاج ، روا راج کرُن چھُم

بھیانک گولُم بیثول ، روٗٹھُم اول پینہٕ نےٚ +
کھارِتھ پرٛوٕ شھُٹے مارِتھ ماش ، رَوا راج کرُن چھُم
کٔمنَ عہ ستی کرہٕم کھیلہٕ ، یہٕ مَن جیلہٕ ڈٕرالیس بوٚ +
پھیرس لوٗت ہوٗرس داش ، رَوا راج کرُن چھُم
آدن باچھس آلیس روٚبہٕ ، کوٗرُن توٚ یہ کھٔتَن دوٚدن
وٕیرس کوٗرمےٚ سیرس فاش ، رَوا راج کرُن چھُم
مُترٕ رہٕم تتہٕ گٔنجم روٚیتہٕ ، دیتُم دَنیہٕ ڈیالن .
سوا سُو دَوا آج ، رَوا راج کرُن چھُم
راتھ راج نیوٗمَس لوٗٹھ ، کوٗرُم شوٗٹ سمندر
چھُ لا اِللہ لہٕ یلاج ، رَوا راج کرُن چھُم
گرُس بارس کوٗر نکہ شتی ، وٕوٗنُم نارس آیس وٕنی
کاسُم گیہٕ آسُم لاج ، رَوا راج کرُن چھُم
بار بار پٕرٕ ژھمُ وَقتس ، بختس بوٚ دِھیےٚ خدمتگار
بہتھ تختس کوٗڈُم واش ، رَوا راج کرُن چھُم
اوٚسُس خم چھُم چھم ، بوٗزُن اوس دَمادَم
کوسُم دِین اوٚسُس خاش ، رَوا راج کرُن چھُم
چھُہ بھاگیہٕ وانہٕ وُسےٚ سہار ، ییٚمی سنسار نیوٚ وےٚ
یہٕ مَنہٕ کسٕر ٹیکھ ہمُن واج
رَوا راج کسرُن چھُم



# 131 — قدم تُلُم سہ دَم کھوٚٹُم

قدم تُلُم سہ دَم کھوٚٹُم — یدَم روٚٹُم مےٚ سوٚسوٚ

اُولہ پرٛبھاتس مَن ییلہ نووُم ، — تیٚلہ چھووُم مےٚ سوٚسوٚ

گےٚٹ کُٹھِس اَندر ژھوٚٹُم ، — یدَم روٚٹُم مےٚ سوٚسوٚ

ستگورہ رسٔے میٚیس نِشے وُچھُم ، — اَدے ہیٚچھُم مےٚ سوٚسوٚ

تٔتھ دۄد اَدٕ پانٔے موٚٹُم ، — یدَم روٚٹُم مےٚ سوٚسوٚ

سوٚہَم دانے دۄ دِتیلہ موٚنڈُم ، — اَدٕ مےٚ اَنڈیُوم لانیُن نیشایے

اَدٕ مےٚ اُنڈرِم سوٗرسے ژھوٚٹُم ، — یدَم روٚٹُم مےٚ سوٚسوٚ

گورہ پیٚہے بوٗدُم گورنے ہوٗوُم ، — زاٹھہ نے رووُم مےٚ سوٚسوٚ

زاٹھہ نے پانِس اَندر ژھوٚٹُم ، — یدَم روٚٹُم مےٚ سوٚسوٚ

ستگورہ دیوٚے ییلی ٹوٚٹھیوم ، — تیٚلی ٹوٚٹھیوم مےٚ سوٚسوٚ

کینژھا ژھوٚٹُم تہ کینژھا روٚٹُم ، — یدَم روٚٹُم مےٚ سوٚسوٚ

گورہ رُشند دامانٔے ییلہ روٚٹُم ، — تیٚلہ دوٚٹُم سوٚہم سوٚ

نارکہ زورسے سورِسے ہوٚٹُم ، — یدَم روٚٹُم مےٚ سوٚسوٚ

بھاگیہ وان مالے ہَلمس روٚٹُم ، تمے کھوٚٹُم سوٚہم سوٚ

ستگورہ دامانٔے مےٚ روٚٹُم

یدَم روٚٹُم مےٚ سوٚسوٚ



# 132 — وَردانہٕ ڈُمَر سوُوم

وَردانہٕ ڈُمَر سوُوم　　　　مَردانہٕ قدَم ترٛوُوم

وَردی پوشِش وُزنوُوم، مَردانہٕ قدَم ترٛوُوم

سَردی تہٕ آپہٕ تانَس　　　　اَدٕلی بھوُوم پالَس

وَردانہٕ گَردِش دِیُوُوم، مَردانہٕ قدَم ترٛوُوم

راتھ دِہن کمَر گنٛڈِتھ　　　　مٕین ترٛیلوکی ژھٔنڈِتھ

نٔمرٕ وَدنِشانہٕ پوُوم ، مَردانہٕ قدَم ترٛوُوم

شَشہٕ وِنی حدَن بھیرِتھ　　　　ترٛہ شوٗنی ویدن تارِتھ

تارِس تہٕ نَندرانہٕ دِیُوُوم، مَردانہٕ قدَم ترٛوُوم

آکاش وُچھِم پاتال،　　　　شٔشِی نیٚس گوُم دُخال

یادٕل بَرتھ پیوُوم، مَردانہٕ قدَم ترٛوُوم

بَرتَن وُچھِم جامِئے،　　　　دَتَن ییکھِم نامِئے

سُے گیت گاہے گیوُوم، مَردانہٕ قدَم ترٛوُوم

رَژِ رَژِ وُچھِمَس رَژنے،　　　　مَنز رَژ نایَن ترٛٲنے

رَژ پھوُل رَژِ رَژِ نوُوم، مَردانہٕ قدَم ترٛوُوم

دُستی دُسی پوُسی کرِتھ،　　　　ہستی تہٕ مَستی ہرِتھ

اَلوکی آشترٕ ہوُوم، مَردانہٕ قدَم ترٛوُوم

جبٕتھ کوٗڈُم جبٕنڈرے　　　　اَیلا اَلٕم اَکھنڈرے

اوُم یا یدٕ انَس تھوُوم، مَردانہٕ قدَم ترٛوُوم

لیٚس گوٗر سِتھٕر مانٕے ، لسٕئ ناو پیٖو بھاگیہ وانٕے

باشان شاہ شتولہٕ نووم

مردانہٕ قدم ترووم



## 133 — رامن ہوونم نوٗرٕ انوارٕے

رامن ہوونم نوٗرٕ انوارٕے ، ہکھمن دٔراو غمخارٕے منے

عامن کرِلس دست بردارٕے ، ہکھمن دٔراو غمخارٕے منے

دوٗہیم کن تھوشہ ہسوارٕے ، گوڈٕ رٹھ مال سرکارٕے منے

موختار وُچھنم عُمرٕ سپارٕے ، ہکھمن دٔراو غمخارٕے منے

تختہٕ بیٹھ ہوونم موختہٕ بازارٕے ، تختہٕ بٔڈی ہنٛدٕ گونٛڈ ہارٕے منے

وقتہٕ بیٚنہٕ ڈیشتنم لوڈ دربارٕے ، ہکھمن دٔراو غمخارٕے منے

ناومیون تھوونم جٹاوارٕے ، ییٚتہٕ متیولم سرکارٕے منے

ہیٚتہٕ کیٚہ ٹنوٗر بشد بردارٕے ، ہکھمن دٔراو غمخارٕے منے

داو آم گنھنے ترووٗ رفتارٕے ، ہوو منصور ن دارٕے منے

تُل تیر کمان کوٗر منے شکارٕے ، ہکھمن دٔراو غمخارٕے منے

ژھلہٕ اکہ کوٗر منے ڈٔل شکارٕے ، کھلہٕ ییٚتہ کوٗر ژٕر یارٕے منے

کملے وُچھہ ییٚنہٕ زلہٕ تشہٕ تیارٕے ، ہکھمن دٔراو غمخارٕے منے

یہ ونوم گوہٕ ییٚتہٕ تیٚتہٕ لوگم زچارٕے ، ترآو تھولون دمبارٕے منے

رٔکھمنہٕ متموٚئن کٔر شتہٕ اوتارے، لکھمن دڑاو غمخارے مے

نام میأنی روزِن گامہٕ شہارے، خامن ہُنٛد اوس بارے مے
پوٚہ ختن ژوٚہ قطرٕ چھِے بوٚڈ غمخارے، لکھمن دڑاو غمخارے مے

خامن کھفیر مے جامن پیارے، سہٕ ہم سورود مہارے مے
پوٚہ ختن تھوٚو مے نہ ونِنٛس وارے، لکھمن دڑاو غمخارے مے

سیقلن آمت لولہٕ بہارے، وُچھیے بر خوہ روارے مے
عأقلن گاشس نشہٕ گٹہٕ کارے، لکھمن دڑاو غمخارے مے

کیٛنژہٕ ونہٕ کیٛنژہٕ چھمُنہٕ ونِنٛس وارے، توٚ لوگ نامہٕ نگارے مے
وٚطنس صبر کٔر خبر دارے، لکھمن دڑاو غمخارے مے

کینژ ومے جیو لالو بہارے، کیٛنژہٕ وُچھ نزارے مے
کینژن سٕلہٕ ییتھ گل تہٕ گیہ خارے، لکھمن دڑاو غمخارے مے

**بھاگیہٕ وانہٕ** کورمت گوٚ روٚ پیارے، حبہٕ گنگ ہتہٕ شہارے مے
دوٚہ ٹہٕ اکہٕ تار لوٚگ اپر میارے، لکھمن دڑاو غمخارے مے



## 134 — ییہ کٔر گُلنے کرٛاو

ییہ کٔر گُلنے کرٛاو
ہی پھوٚہ لہٕ ماد متیٛو

کِھکلے بوٗلی کرناو    سۄلہِ وُہناو مَتیشو

گوٗوِنشہِ گوٗلکہِ ناو، ہی پھولہِ ناو مَتیشو

تَن دِتھ مَن وُزناو    مَن پاآراو مَتیشو

سوٗن دوٗن کنہِ نے چھاو، ہی پھولہِ ناو مَتیشو

ہرکے ہرمَسے تہ چاو    زر پرٛزلاو مَتیشو

ترٛ پیٹھ ہرسے تھاو، ہی پھولہِ ناو مَتیشو

ور دِتھ برمِشٹراو    سرخم ستراو مَتیشو

ہر مَنتر گرہ سے تھاو، ہی پھولہِ ناو مَتیشو

تنہِ سیتی تَن مِلہِ ناو    مَن ادٕ واو مَتیشو

سَن بوٗن چین دُریاو، ہی پھولہِ ناو مَتیشو

واوِس سیتن واو    نوٗر دُرِناو مَتیشو

گوٗر سیتی دوٗن مِلہِ ناو، ہی پھولہِ ناو مَتیشو

تمی سے چھ بھاگیہ وان ناو    یُس رٹے پیتہ دراو مَتیشو

گوٗوِنٛد گیتیے گاو، ہی پھولہِ ناو مَتیشو



# 135 — بےٚ کرٚدِ بےٚ خورٕدِ کَلان

بےٚ کرٚدِ بےٚ خورٕدِ کَلان ، دٲدی لدٕن دآدی آیہِ بَلان
اَنٛشہِ واتےٚ لشہِ نار چھلان ، دٲدی لدٕن دآدی آیہِ بَلان

زانہِ کسُن دَرد دلکٕ کُس مانےٚ ، لوٚہٕ ٹِہ نیٖشۆمُت لٲل مِرجانے
عدلِ جہانگیرٕن ایلان ، دٲدی لدٕن دآدی آیہِ بَلان

مست لیُس گوٚ لوٚسَس اندر ، لَسٕ کیاہ کرٕ مسجد منٛدر
نُےٚ الیشوٚرٕ نُےٚ شاہِ جیلان ، دٲدی لدٕن دآدی آیہِ بَلان

لوٚل میثولٕم سیدیٚن سادٕن ، چیوٚ شیٖرِ تیٚنہِ بیٚیہِ فرہادٕن
یانہِ بدٕل دوہ دآو کَلان ، دٲدی لدٕن دآدی آیہِ بَلان

لوٚلُن کرٕ کاتیاہ خستےٚ ، لوٚل تڑوُون اَستےٚ اَستےٚ
یوٚگہِ اِسم لِسبِم مَلان ، دٲدی لدٕن دآدی آیہِ بَلان

راگ تراوُن دٲ راگ رٹُن ، زان مشرِتھ جانانہٕ کھٹُن
کُن بُنتھ کُن چھیٚنہِ خیلان ، دٲدی لدٕن دآدی آیہِ بَلان

فُل شالیس ہیتُو تمس بدٕل ، گُل سکھیٚن اُنمس بدٕل
روہ خہِ روٗ گکی روزٕن گلان ، دٲدی لدٕن دآدی آیہِ بَلان

لوٗٹ ناچیس محلٕ خانس ، سوٗتھ رٕکھیمنہ کرٕشتہِ بھگوانس
حوٗرٕ وُ چھیم دوٗرِ ژلان ، دٲدی لدٕن دآدی آیہِ بَلان

آم یاوُن تراوٕنہِ ہیٚیےٚ ، ییٚیہِ تمی سیےٚ لیس دےٚ دِیےٚ
تُلہِ قُلاب گُلاب پھولان ، دٲدی لدٕن دآدی آیہِ بَلان

بھاگیہ وانی ستگورٕ وانی، ییمی مےٚ کاٗسےٚ کرمنی ہانی
گوٗرٕ واکیہ ڈلہا، ولہن، داوی لدن داوی آیہ بلان

# 136 — وطن شوٗرُم ستک سامانہ

وطن شوٗرُم ستک سامانہٕ پیرُم، ہتن گیوٗرُم ستک سامانہٕ پیرُم

جنگس درالیس رنگس بے رنگ بنووُن
جنگتھ آلیس رنگس سیتی ملہ نووُم

یہ کُل ڈلیتھ گُکلہ مُشداول پیرُم، ہتن گیوٗرُم ستک سامانہٕ پیرُم

دمس روزس ستمس کرتھ گرفتار
خمس میلتھ آومس گیوٗرُم مےٚ یکبار

مےٚ چھم وردان چمارس جان چوٗرُم، ہتن گیوٗرُم ستک سامانہٕ پیرُم

گوٗرن ہندی یاد چھلم اشہ وانہ سیتے
ستق ہنرس اُتم ہمیانہ سیتے

ژھیم سوون تل پلو میتی گرزور پیرُم، ہتن گیوٗرُم ستک سامانہٕ پیرُم

ٹھوُم تتھ ٹھان سُلیمانی نشانے
مےٚ ستگورٕ سیتی آمت یانی مانے

ییمو گیوٗرُم تمن ژھلہٕ گلہ موٗرُم، ہتن گیوٗرُم ستک سامانہٕ پیرُم

مےٚ دھنیہ دھنیہ دھنیہ گیم آگاش وانی
وچھم بھوتیشورنی راگنیا بھوانی

بہتھ تختس تمی مےٚ موختہٕ ووٚرم ہتن گیوٗرُم ستک سامانہٕ پیرُم

سدا سوٗہ ہار دشنہُم سیتی پایئے

تمنا توحفہٕ تمٮ۪ن تاباںٕیے

مےٚ تژوپرِتھ پاٹھ سوٗ تن دوٗن داش ہوٗرُم ہتن گیوٗرُم ستک سامانہٕ پیرُم

ہکٮ۪ن نہٕ زانہٕ گژھتھ تتھ دیشسیے کٔنہ

چھِ ییتہٕ لس کیشسیے ہمیشہٕ روزٕن

گژِھتھ شبانہٕ دوٗن ہندٕ خانہٕ کھرُم ہتن گیوٗرُم ستک سامانہٕ پیرُم

شوٗن شکھتی زیٚنیس نالی نالہٕ

دُرو یسے پانہٕ ووٚلہٕم دُشالہٕ

ستی ہنٕدٕ یہ ستیہ وانن رٕتھ جوٗرُم ہتن گیوٗرُم ستک سامانہٕ پیرُم

چھِ گوٗرنے ناو میٚوٗنے سیتی سوٗہم

چھُ گوٗرنے ناو میٚوٗنے اسمِ اعظم

بھوٚانی بھاگیہ وانی زانہٕ ناسوٗرُم ہتن گیوٗرُم ستک سامانہٕ پیرُم



## 137 — ییٚنہٕ مےٚ سوٗنہٕ ہنٚدی

ییٚنہٕ مےٚ سوٗنہٕ ہنٚدی سٹھ تاپہٕ زالی
تٔنہٕ چھم کٔنہٕ نے والیسے

سوٗنہٕ دادِ کاٹزاہ گیہٕ دوٗبالی
تٔنہٕ چھم کٔنہٕ نے والیسے

مُچھ ہِش زاجِم ژُچھنس تاپس
اَدِ آم والِس جانہِ جانان
خُشمک خنجر چشمن حالے
تَنہ چھِم کنہ نے وآسِ لیبے
وارِ بوز وونہ ماجہ ہِنْد وِشواسے
رام وَنہ واہسے کرِ لوٗدُن
سوہ نہ دادِ کا ایتیاہ گرِ گنیہ خالی
تَنہ چھِم کنہ نے وآلیبے
تُہ تیر ترکش پیرم پالنس
سیتی جانانس جوٗ تگہ مے مۓ
لچھِ بنرِ لائنرِ ژُ چھمس نالے
تَنہ چھِم کنہ نے وآلیبے
ناگر اچھرِ وِگجِ مس نالے
دُعایہ دُنہ حالیے گوٗرمس مۓ
چینس چکاپورچ چالی
تَنہ چھِم کنہ نے وآلیبے
چینک مے چیٖوم چینی صرایہ
تُہ جایہ جایے ٹوٹھیوم دیہ
گاہ مے مندہم گاہ مشالی
تَنہ چھِم کنہ نے وآلیبے
وَرمیوٗل پُہ کھمنہ زرِ ژوٗل تِتِریہ نے
کُنشِن رِیہ نے گوٗنڈ نکھ نار

ناوِ ہہ ستی وٲلِمکھ وارہ پیرِ گٲلی
تتہٕ چھیم کنہٕ نے وٲلِیے

ہنہٕ ہنہٕ رکھمنہٕ ستی گُرہٕ شٲرے
طوٗطس ستی آسہٕ ہٲرے زَن
سوہٕ داد آیکھ زَن ہاگٲلی
تتہٕ چھیم کنہٕ نے وٲلِیے

لیس ترِیہٕ بالہٕ پانہٕ جانانہٕ ژھینہٕ اوس
تس کُتہٕ اَن اوس پانی یاد
مال ٲسی دِیُتھمے ہیٛو تمس تہٕ مٲلی
تتہٕ چھیم کنہٕ نے وٲلِیے

زیٖوِ ستی وَنہٕ لیُس تنہٕ تس پانے
تہٕ ٲیستانے طوٗفانے
نیرِ کمہٕ وَتہٕ اَدِ ہیرِ مٲلی بٲلی
تتہٕ چھیم کنہٕ نے وٲلِیے

آو منموہن، رَو رَتھہٕ بانے
نوٗ نِشانے سوٗہم سوٗ
شوٗبہتھ پانے شاہانہٕ ڈٲلی
تتہٕ چھیم کنہٕ نے وٲلِیے

ئیس باگہٕ آیس تسی بھاگیہٕ واٲنی
اَمرِتہٕ وٲنی بھوٲنِیے
کیٚنٛہہ ہنٛنیہ شیتل کیٚنٛہہ جوتہٕ زٲلی
تتہٕ چھیم کنہٕ نے وٲلِیے

# 138 — ہی ژرلاتہر جھپس بہ امر

ہی ژرلاتہر جھپس بہ امر، روزِ امرناتھہ سیے
بھوگہ برتھہ شوخ شوہر، روزِ امرناتھہ سیے

بکھتی ہندتل منے قلم، ستی تشکھی ناتھہ سیے
بولہ گکل ستی قیمتیر، روزِ امرناتھہ سیے

خوف ختم ستی خاور، تو پہ ہیتھ تو پنخلیے
جام جمس نام نذہر، روزِ امرناتھہ سیے

یُود باہم جھپس بہ اندر ہیچھیے پیچھانہ سیے
نُورِ انور ناماور، روزِ امرناتھہ سیے

ستی دتی ہم کیتی دفتر، کیاہ کرن انزانہ سیے
کرنہ کلہم ہاوِ آتشر، روزِ امرناتھہ سیے

آسی ستے پیش دِلبر، لُدی منے تمے گاہ سیے
داش ہورُن موتنہ مادر، روزِ امرناتھہ سیے

جیت جیتھہ چھم خوشحالی، ژھنی منے کنن واپیے
آسہ لیس زر ژھانڈِ زرگر، روزِ امرناتھہ سیے

فونہ سس ستی چھیے تارا، اکھ اشارہ وون یہ یے
کُس چھُہ دِل تے کُس دِلبر، روزِ امرناتھہ سیے



# 139 — بہٕ مَس چیتھ گیٚس

بہٕ مَس چیتھ گیٚس مَتوالے ، سہٕ مَس پیالے آمو ہیتھ

یہٕ مَس چھیٚوٗر ہیٚس موٗ ہیے موٗ ہیے ، یہٕ کٔس زانے یہٕ کٔس چیٚیے

یہٕ مَس گرٛژھ چیوٗن یتِھ شۭییے ، سہٕ مَس پیالے آمو ہیتھ ،

پِیٚر ہیمہ مَس سَتگوٗرُن سوٗز زٔم ، مےٚ تَمہ کُے پاغام بُزُم

اُمیٚنگ قیمتھ چھُ زِرے لالے ، سہٕ مَس پیالے آمو ہیتھ

یہٕ مَس ہیتھ آو صُبحکہ وقتے ، یہٕ مَس لیُس چیٚییہ سہٕ نیک بختے

یہٕ مَس آیرس چھُ زَن موٗ ختے ، سہٕ مَس پیالے آمو ہیتھ

یہٕ مَس ہیتھ آو سہٕ جانانے ، یہٕ مَس لیُس چیٚییہ ژھیٚس پانے

مےٚ مَس چیوٗ وٕ چھُم داہ دانے ، سہٕ مَس پیالے آمو ہیتھ

مےٚ زٕرہ زٕرہ ہوو زٕرہ گرٕنے ، خبر دارن چھُ خبر گرٕنے

پیٚییس یادن گیٚس نٔشرٕنے ، سہٕ مَس پیالے آمو ہیتھ

بہٕ مَشتر دِیالُس چھُسَن گارن ، ہمی چھُس خوٗن دِل ہارن

سہٕ ماعاشقس مےٚ چھُم پرارن ، سہٕ مَس پیالے آمو ہیتھ

دٕییوٗ مَس بالہ یادس مَشتر ، گران اوس دوٗر اَمہ کُے شُتر

یہٕ مَس ہیتھ آو روٗٹُم نالے ، سہٕ مَس پیالے آمو ہیتھ

چھِیے کیاہ لَس کوٗ نکلتھ حالی ، ہیمے کوٗ نکل گیٚیم نالی

کٔنن چھِم دوٗر تہٕ کیٚنہ دالی . سہٕ مَس پیالے آمو ہیتھ

اوٚنوٗ اَمرِتھ پالنس کیٚتھ ، چھُ جانانے پانے ہیتھ

چھ مُشر مانس بُرتھ خانے، سہ مس پیالے آموہیتھ
کتِنہ اَمر ہیتھ کُنے بانے، چھ کیاہ خانے ہیُون ہیُون تتھ
تمِس تیتھ نیتھ ییمِس زانے، سہ مس پیالے آموہیتھ

یہ آسِس اَمر تتِس پزاران، چھُہ ترِپُن لوکن لیہ ہے زہاران
اَمی باپتھ اَزن گارُن، سہ مس پیالے آموہیتھ

یہ ہے امر ہتھ چھُ ناگن مُشر، ہیتھ ستارُن چھ باغن مُشر
منے موٚنگمس نابُرتھ پیالے، سہ مس پیالے آموہیتھ

اَچھو کنہِ دار خوٚن ہو ژُم، سدا شیوس ہلم دوژُم
ییہ ستگورَ آم ہیتھ پانے، سہ مس پیالے آموہیتھ

دَن گوری سدا شیوس، ژ پانے لولہ مس ہیتھ گژھ
سدا شیوُن دیُتھم پانے، سہ مس پیالے آموہیتھ

سدا شیوس حبٹا داری، منے کیٚت امر ہتھ کوٚژُن جاری
ژٕ چھم ستی تہ ہییہ خاری، سہ مس پیالے آموہیتھ

سدا شیوے چھُ دیالس مُشر، کران اَوس میانہِ مییہ گِسُنر
دِتم دَرشُن زٕتھ نالے، سہ مس پیالے آموہیتھ

یہ وکھ ہا وم منے ستگو رِنے، ہمِس ما آسہ وو فی ڈرِنے
دیا کرِتم منے زرگرنے، سہ مس پیالے آموہیتھ

خبر سوزِم وتیشمبرِ سے، سہ شیچھ سوزِم زرگرِ سے
اَلپور لوگ تارِ سمندرِ سے، سہ مس پیالے آموہیتھ

منگن آسس بیٚنیہ بیٚنیہ سُہ اَوکائے اَتم لیٚے

ژوٗلُم بھییے ژوٗلُم بھییے ، سُہ مَس پیالے آمو ہیتھ

مےٚ ہستی تِتھ مَس پَنٕنۍ لالہِ ، گوٗرَس سُہ تہٕ حوالے

گوٗرَن وَوٗلنَم مےٚ دُشالے ، سُہ مَس پیالے آمو ہیتھ

گوٗرَن دوٗپنَم ژھ چھکھ بھاگیہ وان ، گوٗرَن ہستی کرن مان مان

گوٗرَس وَنِہ دنا بہٕ پادَن پران ، سُہ مَس پیالے آمو ہیتھ

گوٗرو کوسُم مےٚ کرمُنۍ کھُر ، دَپۍ دوٗپنَس بہٕ زونہٕ نَس شُر

پٔژھیم چیوٗم پٔژھیمہٕ کے نالے ، سُہ مَس پیالے آمو ہیتھ

پٔژھیمہٕ دوٗد دیُتمَس پٔژھیمہٕ ہستی ، رٹھیم نالہٕ پالتس ہستی

گوٗرِ نیے گرُم مَنیہر بآنی ، سُہ مَس پیالے آمو ہیتھ

سُہ دَرے وُچھیمے یتہٕ مہٕ پیارِے ، مےٚ مےٚ اوٗن پنٕنہٕ الوار

سَدا اسیُوس لوٗدُم یارِے ، سُہ مَس پیالے آمو ہیتھ

پَنُنۍ ستگوٗرِ پیس اوسُم ، سُہ شنکٹ کَمی سُناکوسُم

دَلیس رَوٗدرے سُہ دُمیلِے ، سُہ مَس پیالے آمو ہیتھ

گوٗرَن دوٗپنَم تمی **بھاگیہ وان** ، زرن گرُم مےٚ سرحی زان

وَنِدس پادَن بہٕ زرِے لالے ، سُہ مَس پیالے آمو ہیتھ



# 140 — کُن چھےٚ بوزان

کُن چھےٚ بوزان کُنۍ سنٛدۍ زارۍ، کُنۍ کرٕ کُنۍ سنٛزٕ یارِ ییے

بھاگیہ وان گیا یہ مرٕ دارۍ دارۍ، ستگوٗ رکا سمٕ خارِ ییے
کھورن ترآوِ مس لولہ اشٹارۍ، کُنۍ کرٕ کُنۍ سنٛزٕ یارِ ییے

غمہٕ کےٚ بوراوٕن یم بابارۍ، بھوانۍ چھےٚ سارۍ سارِ ییے
بھاگیہ وان ناو کوٗرس کرٕ شنہ مرارۍ، کُنۍ کرٕ کُنۍ سنٛزٕ یارِ ییے

بھوانہ ناد آسی غمہٕ کی بارۍ، مُٹ سوٗرس سارۍ سارِ ییے
دُچھ کترٕ ھ آسن دشمن دارۍ، کُنۍ کرٕ کُنۍ سنٛزٕ یارِ ییے

غم ژٕلۍ سارۍ ستگوٗ برٕ دارۍ، گوو ہنٛد ٹھوک ژارۍ ژارِ ییے
مُنٛہ پیٹھ دالنس غمہٕ کی بارۍ، کُنۍ کرٕ کُنۍ سنٛزٕ یارِ ییے

دُلہ مِتۍ آسنس ہنہ ہنہ سارۍ، جوٗرن تصرف دارِ ییے
بھاگیہ وانہ کا سم سارے خارِ، کُنۍ کرٕ کُنۍ سنٛزٕ یارِ ییے

بھاگیہ وان ناو کوٗر کرٕ شنہ مرارۍ، غم کاسی کالہ سمہارِ ییے
بھاگیہ وانہ دشمن تھکی برارۍ برارۍ، کُنۍ کرٕ کُنۍ سنٛزٕ یارِ ییے

مالنٛۍ امہ سنٛدۍ مےٚ قلمس تارۍ، تمے کم کاس خارِ ییے
بھوانہ کرے یم ورقتارۍ، کُنۍ کرٕ کُنۍ سنٛزٕ یارِ ییے

اکہ اکہ کُڈمے کرٕ منٛزٕ سارۍ ظالم جوٗ دکہٕ نارِ ییے
غمہٕ کےٚ بورنیوٗ کمی بابارۍ، کُنۍ کرٕ کُنۍ سنٛزٕ یارِ ییے

بھاگیہ وانہ دوٚن دُیت منٛزٕ تھارۍ، منٛزٕ ترایہ زرٕ گردارِ ییے
نشانہ دیتنس ادٕ زرٕ گارے، کُنۍ کرٕ کُنۍ سنٛزٕ یارِ ییے

اَد بھاگیہ وان ژاًیہ ستگورٕ دآری، ستگہ رلوس ژرآری ژرارِ یسے
اَتھ کُنیت ژھونڈُن کالہٕ سمہآرِی، کُنز کُرکُنز ستنز یآرِ یسے

بھاگیہ وان روز ژس مُری دآرہ دآرہ، گوری یہ آیہ زار یآرِ یسے
بتیتہٕ چھم ییتہٕ نی کرِتس یآری، کُنز کر کُنز ستنز یآرِ یسے

بالہٕ پانہٕ ہیترنے ساتی غمخآری، تتھے پوشش ژآرہ ژآرہ یسے
پوز ساتی کُرنے لال ونہآری، کُنز کر کُنز ستنز یآرِ یسے

کیشو کاسس غمہٕ کی پآری، یتھ گترھ دشمن دآرِ یسے
دالِس ڈلِس دشمن سآری، کُنز کر کُنز ستنز یآرِ یسے

شیوس مونگہ نے ییتہٕ راجہ ریتے، یتھ دشمن پلے اُنی کسہٕ
تھرِ منتر کلہٕ سے ژختہ لبس خآری، کُنز کر کُنز ستنز یآرِ یسے

بھاگیہ واتہٕ ژنہ شوسے وید وستآری، زن ڈی کرتنہ مرار یسے
ہیتیہ سے زے کوتر کالہٕ سمہآری، کُنز کر کُنز ستنز یآرِ یسے



جس بات کی اِچھا سچے ہردے سے ہوتی ہے وہ اوشیہ پورن ہوتی ہے جسمیں سمے منشیہ میں سچی تڑپ ہوگی، پرکرتی ماتا اسکو کرنے کا سویم پربندھ کریگی۔ ہردے میں کیول سچی اچھا اُتپن ہونے کی دیر ہے۔ ساری سامگری سویم ہی ایکتر ہو جاتی ہے۔

# 141 — ژھوپہ ہیند سالہ

ژھوپہ ہیندِ سالہ منے یتو، ژھوپہ آلو بوزتو

گوپُرِ چھُم ژھوپے ژھوپے، ژھوپہ کرِتھ روزتو

ژھوپہ ہیندُے پیالہ چیتو، ژھوپہ آلو بوزتو

ژھوپہ ہیندِس سالس نِمِتھ، ژھوپہ کرِتھ راتھ دوہ

ژھوپہ ہیندِ شاٹر کھیتو، ژھوپہ آلو بوزتو

ژھوپہ ہیندی جامے سُورے، کامہ دلوے ہو تہ ہو

ژھوپہ ہیندُے سودا ہیتو، ژھوپہ آلو بوزتو

ژھوپہ ہیندی دورگرِے، گوڈکرے چارسو

شیرخار و شیر چیتو، ژھوپہ آلو بوزتو

ژھوپہ کرِتھ گور گژھکھ، لور میون چھیے سو سو،

لور گژھکھ تور ی منے یتو، ژھوپہ آلو بوزتو

ژھوپہ ہیندُے مندرو چھُم، بوز سو ندر شور گو

ژھوپہ شورس گوش دِتو، ژھوپہ آلو بوزتو

ژھوپہ پانک سو تما ترآوِتھ، پہ تہ تس سیتی مار ژھوپہ

ژھوپہ فداکرِے منے تو، ژھوپہ آلو بوزتو

ژھوپہ سیتی بیدار کرِتھ، ہاوِ دیدار خوش خو

ژھوپہ جامن داماہ چیتو، ژھوپہ آلو بوزتو

ژھوپہ سیتی رٹُم نالے، دیہ ژائے روبرو

نالہ رٹھتھ نالن یتو، ژھوپہ آلو بوزتو

ژھوٗ پہٕ ہرس ژھوٗ پےٚ درٕ ے ، ژھوٗ پہٕ ہۄنٛڈ رٕے سوزتو
ژھوٗ پہٕ گنٛوٗس جلاوِ دِتو ، ژھوٗ پہٕ آلو بوزتو
بھاگیہٕ وانن چھےٚ ژھےٚ پےٚ مدعا ، ژھوٗ پہٕ جدا روزتو
ژھوٗ پہٕ ہۄشہ رٕے ینام نتو ، ژھوٗ پہٕ آلسو بوزتو



## 142 — مس دِتھ کمہٕ

مس دِتھ کمہٕ کرنس مستانے ، روٗٹ طوطن ہارِ مۄنٛد دامانے
کوٗر طوطن پانےٚ خسم پانس
کرِ تنظراہ میٚنرس تہٕ میٚنز الِس
جانٛ وٚنڈیوٗ خوش خوخوبانے ، روٗٹ طوطن ہارِ مۄنٛد دامانے
گرِ طوطن زرٕ کی تیٚیر نارٕی
ژھنٛی نینگلتھ اکہ اکہ ہارِ سارٕی
تیٚیرِ مجگان سیٚر کتھ درٕ دانے ، روٗٹ طوطن ہارِ مۄنٛد دامانے
کتھِ میانے زان تو تنگ فارس
زکتہٕ ورنے آسم مےٚ منزنارس
دقتہٕ پیٚنہٕ نے درالیس تابانے ، روٗٹ طوطن ہارِ مۄنٛد دامانے
دم دِتی مے سنزن ہتو رکیاہ بوٗن
ییٚتہٕ شٚتیٚترتتہٕ تتہٕ کوٗرتس سۄن

پیٚتھرٕ کرٕ الن ستھری متھ میٚتر بانے، روٗٹ طوطن ہارِ مُشدِ دامانے

پیٚتھرٕ طوطس تٔرتھ ہنٛز تاجہ آری

وارِ وارِ پیہ سارِنی اتھ دآری

صد واہ واہ قد چھم میانے، روٗٹ طوطن ہارِ مُشدِ دامانے

بولبوش میانی تولتولہ سیتی

سیر کتھ لوٗز زیر ہمہ ڈولہ سیتی

کیاہ زٔتے میٚونے تورٕک نشانے، روٗٹ طوطن ہارِ مُشدِ دامانے

وُچھ پانے کس مٔنز تاجدار آسی

خشند کرنی چھم بنشد پردارِی

سیم سنہ خنن میم چھس دہانے، روٗٹ طوطن ہارِ مُشدِ دامانے

دوہن مٔنز چھُے لوٗرس آداہن

تٔرین مسلا ووٗہنے اِسلامن

شین تشکل پھیرم دانہ دانے، روٗٹ طوطن ہارِ مُشدِ دامانے

کینٛہہ دنہٕ ہا کینٛہہ چھُمنہ وٗنس وار

کینٛہہ لوٗزِتھ لوٗرٕنے کینٛہہ گفتار

کینٛہہ کنہ نیے گیہ موکینہ وانے، روٗٹ طوطن ہارِ مُشدِ دامانے

کینٛہہ نتہ کینٛہہ لوٗزُم اِرشادے

گوڈ مانے اُدِ لوٗرِ سمٔوادے

گرزٕ گندُم گوڈمے کھیتہ نانے، روٗٹ طوطن ہارِ مُشدِ دامانے

زُنز بھاگیہ وآن پانے پانس مٔنز

مُتھ کُمکل چھ گوو بنشد ناوس مٔنز

از خانے میٚونُم پروانے، روٗٹ طوطن ہارِ مُشدِ دامانے

# 143 — مالہ پھرن مال

مالہ پھرن مال پییم وتے، کتھ کتھے رٕوٗدم یار
مار کرٕ ھس خمارہ متے، کتھہ کتھے رٕوٗدم یار

ژھلی ٹلی کینژہ ھٹلی آیہ آیہے، ہوٗتےٚ ہوہا تارمس تار
سنگہ سوٚدرکہ رنگہ چھم چھیتے، کتھ کتھے رٕوٗدم یار

ین تارتھ دوٗن دتم اتھے، ژوٗن منٛتر چھےٚ شن گفتار
تھین ترٛووٗم گوڈنچہ کتھے، کتھ کتھے رٕوٗدم یار

موٚلہ موٗلہ کےٚ فوٚل وٚڈوٗم دتے، ہیٛوٚل ڈیٖھمس یار میار
تور سوزا روزتھ یلیتے ٭٭٭ کتھ کتھے رٕوٗدم یار

دوٚپ متےٚ ییرن سیر چھےٚ تتے، ییتہ کھیرس چھےٚ آہار
چیپر دیتھمس لوتے لوتے، کتھ کتھے رٕوٗدم یار
دوٚپ متےٚ سیرس پیہ ہا بہ تے، لوٚب ہیٛو تنم گوٚب گوس بار

ییلہ بوزتہ تیلہ ماتمے، کتھ کتھے رٕوٗدم یار
سن پالنس ون اہنیتے، بن اوساد دپہ نشہ نار
ژا اگنے تہ باد تہ دتے، کتھ کتھے رٕوٗدم یار
پدہ کوٚڈمےٚ آکاش وتے، نار ہتھوٚد مےٚ کھارس یار
بوز مُلا روزتیا تتے، کتھ کتھے رٕوٗدم یار
چھاینس دکہ دیژ لتے، پردن سیتی چھاوُن پہار

نہ چھہ پیتہ تہ نہ چھہ تم تتے ، کتھ کتھے روٗدُم یار

کینہہ وُچھمے سر ہتہ اَتھے ، وُچھ کینژن کم شُنگار

روز کُنی بیتہ تے تتے ، کتھ کتھے روٗدُم یار

نار زالی کینہہ امہ کتھے ، وُچھ کینژن پیپہ بُلغار

یُتھ چھُ عاشقس معشوق ویتے ، کتھ کتھے روٗدُم یار

دزاو معشوق عاشقنہ وتے ، بار ٹلہ نے دۄن ہُند بار

دارِ کھوٗن دِتھ سون چھا تتے ، کتھ کتھے روٗدُم یار

وُچھ نکھمی یتے ، سر سپے بیٹھ زر سنگار

چھتمہ وسُد لُو خشمہ ہیتے ، کتھ کتھے روٗدُم یار

آیہ بھاگیہ وان جانے وتے ، نے وُچھنے گُل نے خار

کھوٗ نہ ٹلہ وتھ ہیتہ اَنہیتے

کتھ کتھے روٗدُم یار

## 144 — وُچھم یار روٗچھم کھوٗنہ

وُچھم یار روٗچھم کھوٗنہ ، اَندر ایکانتہ ہیے

اوُھکہ سہ رکوٗر مس گوٗر ، سوٗ ہم تار چارتھ چھے

سوٗرومے نتہ مے کیاہ رھینہ ، اَندر ایکانتہ ہیے

وُچھم جوٗر گنڈتھ دزی ، رُھرے مری رُھنی کیاہ

پُرتہ مرہ وُچھانہ اَندر ایکانتہ ہیے

وُچھ پوٚر نوٗر سُے ظوٗہوٗر، پچھم پوٚر دکھن کٕت
اُتراکھنڈ کھوٚر کٕنہ، اَنٛدر ایکانٛتہ سے

ستگوٗرناوہے لٕلہِ وُن، ژٕلے آوٗن وُچھکھ نوٗن
مےٚ لٕس تَن لاٚچے تنہٕ، اَنٛدر ایکانٛتہ سے

ٹاٹھہ یٚردِ وُچھن وارٕ، کمیٛو نارٕ دُزتھ ہیوٚ کھ
کرِتھ گتھ شمع بَنہٕ، اَنٛدر ایکانٛتہ سے

بٔنگاکی لولہ اَنٛدر ناد، سُے سموٗاد لوٗژم مےٚ
تَمہِ رادھایہ بیٚیہ کھمنہٕ، اَنٛدر ایکانٛتہ سے

میٚژرے سیٚتی گُمیس میٚژ، چانٕے ژٕژ موٗنگم زٕل
سمندرس روزِس جیٚنہٕ، اَنٛدر ایکانٛتہ سے

آگرِ وانہٕ سوٚگم ڈوٗر، کتھ کٕٹِت سُرِ دٕرکھنن چھم
کھیتھ ہیٚمی تھوٚو سُہ کیاہ رٕنہٕ، اَنٛدر ایکانٛتہ سے

کیٚسی پوشہٕ وُچھم رنگہٕ، تمہِ رنٛگہٕ روٚنگےٚ مےٚ
وٚوٚلم تنہٕ مےٚ کیاہ ژھیٚنہٕ، اَنٛدر ایکانٛتہ سے

چھامرِ جان چھادُر دان، وُچھم سوٚن لیٚشمان
نُنٛدمس لوٚٹہ کمس وٕنہٕ، اَنٛدر ایکانٛتہ سے

سوٚے زان بھاگیہ وان بٔنہٕ، یہ کٕمہٕ دانہٕ گٔرٕنہٕ آد
اَونٛتھ انہِ کوٚرتھ روٚنہٕ، اَنٛدر ایکانٛتہ سے



# 145 — چشمہ بہ وٚنٛدے

چشمہ بہ وٚنٛدے چشمہ وُچھمے سورماًلیے
رُمن گمے ہمہ دُچھمے کسزِ آلیلیے

ہاگنٛز ہنٛدے مست بہ گرُکھس مس پیٚاً لیے
مس گیہ تمے ییم ژٕلے وُچھتھ چپنہ واًلیے
کیٚشرٕ فنٛدے کیٚشرٕ آکھ خیاً لیے

کیٚشرٕ شوٚنجے طوق دُنیا چھکھ تاًلیے
کیٚنٛہہ استہ استے خمتہ کرتھ وُباًلیے
کیٚنٛہہ مییِر ہنٛدی تیٚر تھرتھ موہ لاًلیے

کیٚنٛہہ آیہ اورے کیٚنٛہہ ژٕلے نیٚتھ سواًلیے
کیٚنٛہہ رٚنگہ رٚنگے جنگہ وایان نگاًلیے
کیٚنٛہہ کھتی آکاش کیٚنٛہہ وُتھے پاتاًلیے

کیٚنٛہہ وُلہ لولن کیٚنٛہہ ژٕلے روشتھ ملاًلیے
کیٚنٛہہ گرمنٛزے ہرجاًدِتھ ہر دوٚ آہ لیے
کیٚنٛہہ واتتھ ہنٛد گرے چینٛڈ آلیے

کیٚنٛہہ حوٗر روٚپے یوٗر کرتھ متواًلیے
نوٗرانہ ہاًدِتھ زدور ژٕ جکھ جنگاًلیے
وزان گوزان دابہ اتھہ دوزِ ماًلیے

چھُے قدِ شمشاد اَدٕ بَبرِوَل جبا آ لیسے
سیٖٹھ آسمانس وارٕ وُچھِمکھ مشا آ لیسے
مٔشنز دُردانس جانانس چھکھ نا آ لیسے

شمع رولیس وُٹھ وُچھمَے وہ زرا آ لیسے
زَن قنتٕ پھلِو دشہ انٛدٕ وَنٛدٕ چھپے تتٕ آ لیسے
وٕنہ ڈِ ترٔسے وُڈِنی پیوٚرِ پچھِمہ شمہ آ لیسے

چھکھمہ شلہ پیدمان دِل ترٔسے نشٕ ختم آکا آ لیسے
امہِ سِلسلے دِل چھُ میلان تُشِر کا آ لیسے
بَن معشوقے عاشقن مے کرَ تحا آ لیسے

وُچھ بھاگیہ وانَن کرٕ یہِ دیا دیا آ لیسے
ییٹھ وبمانَن ہمسَن ہشدی چھکھ آ لیسے
گُل زعفرانَن سیتی وُچھمکھ مسوا آ لیسے





شریر کی سمپورن شکتیاں من کی داسی ہیں۔
اُن کو ایسی شکھشا دینی چاہیئے کہ وہ سب من کے
آدھین رہ کر اُس کی ہر آگیا کا پالن کریں۔ کیا
کبھی یہ سمبھو ہے کہ سیوک سوامی کا کہا نہیں
مانے اور اُس کے سامنے اُس کے گھر کو برباد
کرتا رہے؟ کدا پہ نہیں۔
پھر ہم کیوں اس شاریرک سیوک کو
جس سے ہمارا مطلب شاریرک بل سے
ہے، اِتنا ڈھیٹھ بنائیں کہ وہ شریر کی پورنتا سے
دیکھ ریکھ نہ کرے کیونکہ یہ ہماری آتما
کا گھر ہے۔
یدی سوامی اپنے گھر کی اور سے اُداسین رہے
تو سیوک بھی سمبھوتہ اُسی
حالت میں رہیگا۔



کتابت :- پرتھوی ناتھ کول (سائل کشمیری)

